


"افسانہ ؤنی ؤنی ہوش رووُم راز نٔنِتھ گوٚ"

# KATAEH MANZ KATH

(A Collection of Kashmiri Short Stories)

By

AMIN KAMIL



FIRST EDITION

1966.

چھاپ خانہ: یوگیش پرنٹنگ پریس جالندھر

مول: ژور روپیہ

# کتھِ منٛز کتھ

امین کامِل

پتہ : شیخ غلام محمدؐ اینڈ سنز تاجرانِ کتب مائسمہ بازار سری نگر

# ترتیب


| | | |
|---|---|---|
| ۱۔ | گوڈکتھ | ۶ |
| ۲۔ | کوکرجنگ | ۹ |
| ۳۔ | آبہٕ سرکنہِ پل | ۲۵ |
| ۴۔ | نۆ وتاون | ۴۵ |
| ۵۔ | پۆنڈ پُرن | ۵۵ |
| ۶۔ | عشقہٕ پھیأر | ۶۷ |
| ۷۔ | جہنمی | ۸۵ |
| ۸۔ | لاگ | ۹۹ |
| ۹۔ | أنہٕ | ۱۱۱ |
| ۱۰۔ | پۆت کل | ۱۲۳ |

# گوڈٕ کتھ

یُس خیال میٚہ شار بنیوو نہٕ، تتھ بنوٗوم افسانہٕ۔ یتھ پٲٹھۍ آیہِ میانۍ افسانہٕ وجوٗدس۔ میٚہ چھُ باسان زندگی چھےٚ ابتدا تا اِنتہا بے ربط واقاتن ہُند اکھ سِلسلہ۔ یِتھے یمن پانہٕ وانۍ کانٛہہ ربط چھُ لگان، یِم چھِ حادِثہ یا افسانہٕ بنان۔ حادِثن اندر تبدیل گژھنہٕ وِزہٕ چھُ واقاتن لازمی اکھ وَل گیوٗت (Tension) لگان تہٕ اکھ کِریانہٕ کرٕ وُن تاثُر پٲدٕ سپدان۔ ہرگاہ یہِ وَل گیوٗت واقاتن ہُندِ شکلہ اندرے نیرہِ، یہِ چھُ فن کارانہٕ پزر، نتہٕ چھُ گُمہِ فقیر کرامات۔ میٚہ کُر ہمیشہ اکھ فن کارانہٕ بلندی تام واتنچ کوشش، کامیابی ہنز کتھ چھےٚ وکھرٕ۔

اکِس افسانہٕ نِگارس چھُ بلا واسطہ انسانس سیتی تعلُق۔ تس چھےٚ انسانہٕ سندین ہمتن سارنۍ ظاہری تہٕ باطنی کوٗنن نزلو انٛز پیوان، یوٗت تام زِ عام نظر چھےٚ وا تِتھ ہیکان۔ شاعری منز ہرگاہ امہِ وِزہٕ علامژ تہٕ اشارہ کنایہ فن کارس بازِ خاص نِشہ موکلاوِتھ ہیکن۔ افسانہٕ نِگارس چھےٚ نہٕ یوس ژھانڈٕ ژھنہٕ درامٕچ جارٕ آسان۔ آدٕ کنٛہ ہیکہٕ قہرک تہٕ نفیس پٲٹھۍ نِشانہٕ بنِتھ۔

میأنؠ یِم افسانہ چھِ میہ زٕلوان، تہ یہِ مُختہ ور دار تہٕ کھُری لہ سیاسی
تہٕ سماجی اَندٕ ریٚس اندر لسان لبان چھُس، تُتھ افر چھِ لأژمن ہندین
پلاٹن تہٕ کرِدارن پیٹھ تہِ پیوان۔ مگر میہ چھُ باسان زِ یہِ چھُ یتھٕ یُتھ
خصوصیت تہٕ۔ تہٕ یہِ کتھ چھِ یمن باقی افسانہ نگارن ہُنٛدٕن افسانن نِشہ
بیون بدولن تہِ کڑان۔

یہِ چھُس ییٚنہِ افسانن اندر نُوین تجربن خلاف۔ مگر تجربہ گژھن کم از کم
تیتھ آسُن زِ یِمن وُولی گژھن کٔنہِ بأتھ افسانہ نگارس ییتو اخرس تام
پکُن۔ تہٕ تیتھ پوشیدہ احساس تام واتُن یُس افسانک اصلی مدّا مقصد آسہِ
نیٛمِ عقی زانو کہ، تیلہِ دِنہٕ یِپی زہ۔ تجربہ ماجرہ گژھِ نہٕ داستان تلنہٕ۔
یہِ کتھ چھِ شاعری پیٹھ تہِ حسپان سپدان، اگر نثری چیز آسہٕ کُنہِ چھُ افسانس
اندر اہمیک خیال تھاوُن زِیادہ ضروری بنان۔

سرینگر ۱۹ فروری سنہ ۱۹۶۶ء

امین کامل

یِہ کتاب چھےٚ کلچرل اکادمی ہُندِ مالی امداد
سۭتۍ چھاپ۔ امہِ خاطرٕ چھُس بہٕ تمیک
سیٹھاہ شُکرگزار ——— کامِل

# کوکر جنگ

پتھے غلام خان کوکر ہیتھ آنگنس منز ژاو۔ شاہہ مال گیہ تھوٗد وتھِتھ۔
تس رودٕ نہٕ پیرن ٹونٹ ہینک تہٕ ہوش۔ تس اوٚٹھ اسی شروٗ بوٗنہٕ
اوسمس۔ تمہ زن نوٚب کیاہ تام لاس۔ تتھے کینہہ وٗزمہ خادداریس کنٕ۔
"اونتھہ! تیٚہ دوٚپ ازتہٕ ما آکھ ژھوٗرتے۔" تمہِ خیٚرِ ییہ وڈِ زِہ تہٕ
کوکر امس اَتھہ منزہ تھف دِتھ تہٕ تا جس تہٕ تیرن لجس اَتھہ ڈالنہٕ۔
"ساڑن ژوٗن ڈبن چھے۔" غلام خانن ترٛوو "ڈبن" لفظس پیٹھ
زور۔ شاید یہِ ونن مو کمہ زِہ یتھ نہٕ دیکھ لیوٚژ ژونگ ما چھےٚ۔ تہٕ جبر پوٚدٕ
ساڑن ژوٗن ڈبن۔ مگر شاہہ مالہٕ زن نہٕ اَتھہ سیتی کانہہ تہٕ غرض مطلب
اوس۔ کہ امس جبرا کمہ کرس وُچھان تہٕ چھیٚ چھیٚ اندرسی شادمرگ
کڈاے پیرن ما تہٕ ترٛٹہہ گوکلن تھجر تہٕ ہمسایہ مکانچہ دارِ کنٕ نظر تلتھ دِتِن

ہُمن دُرایہِ۔ امہِ پتہٕ دٔژھ بیٹھ خانداری کٔن، گھر برٕ نِتھٕ مہ کھوتہٕ ہُنا
تھوِٕ پھۄن ـــــ

بیٹھے کی کرٕ کیاہ، اُسس بُڈ تہٕ ژھادان ـ نٮ۪ے رأتس دوہس کیتھ ژھوٹ
کہ کرٕ کُنٛز اُسہٕ بیہران۔ یہ کیاہ محلکہ محلن ہٮ۪ے ہیتہٕ ہیتی چھہٕ۔"

غلام خانن وُونُس نہٕ اتھ کانہہ تہٕ جواب تہٕ سُہ ژاد سیتھوٕ ہے اندرٕ
کوٕ کرس ادس زنگن سُتلہٕ ٹکرا ڈنگ دِتھ تہٕ سُہ ادس بٕڈ جستہٕ خانٕ دی
کرِتھ پکنٛج کوشش کران۔ سُہ ادس مُنز اتھ ڈنگس دِگہٕ دِدان تہٕ
مُنزٕ اُندی پکھس سام ہیوٚ ہوان۔

شاہہ ماہِ آسہٕ کی کرِ تاوٕ تہٕ ریچھ مٕژہ۔ تمہٕ آسہ امہِ وزٕ آنگنس
منز ژھوٕ ڈھیکلیٕ ژھاران۔ تمن بیٹھے کی کرہ سُنہٕ گُنڈ، گنن گڈ تھیو
گٔیہِ پنٛنہِ پنٛنہِ شایہِ رٕوزِتھ ہشہ تہٕ اُسن کُن لٔجِ شکہٕ بھرژ نظرٕ وُچھنہٕ
اکِہ کرہ ہیوت ڈالہٕ ماڈی ماڈی اُسن کُن پکُن۔ مگر ییٚہِ سٮ۪ے ماسے
پاکٹھ ہیو۔ زنتہٕ نِنِس منز منز ادہٕ یدٕ اُسس بیہران۔ بیاکھ کہ کرہ
یہِ سہ سُرہ بونِس تیچھان اُسس لگ پانس جستر کرِتھ جلیہ ژھ کراو بدٕ
زنتہٕ یل دِتھ وُونُن ـــ "اونہ۔ میٚہ دوپ خبر کُسٕ چھہٕ۔ اسی تمن تِس چھہٕ
تہٕ سُہ۔ مٕیہ کیاہ توٚتہٕ۔" ییتِس گانس منز درایہِ شاہہ مال تولہٕ دوٚے ژھا
ہیتھ تہٕ تہٕ اُدن اُسس کُکرس برونٛٹھ کُن۔

کوکُر ژگ بوٚچھ سٕندی پاٹھی ہیچہ ہیوٚ بوس بجرینہٕ زن ثِرورکالی اُمِس کینہہٕ بتھ وچھنس گامتہٕ۔ کوکر بوٚ یٔیلہٕ وُچھ نہٕ اُمِس ہاشپز کیاہ تام اٲلی یادی۔ تمہٕ نیرشی کرِتھ دور تہٕ ژھین کھوروٕ لیچہ چھکرنہٕ آمتہِ فلی وٹھنہٕ۔ شاہہ مالہِ رٔنج بیٚنیہ ہمسایہ مکانچہ دارِ کِن نظر۔ مگر اتہٕ یٔیلہٕ نہٕ کانہہ تہِ نظرِ گوس، امہِ دِژ زورہ کرٕکھا—

"رِشی، تو ہیہ مُرِی چھ بڈ۔ اُمِس بچارس دتھ لُچ مِژ، ادہ تھی دِیُسا پھل پھُلی کھینہٕ۔ زن نہٕ کینہہ تہِ چھیوہ کھیوان۔" کوکرِ زیٚژ، امہِ کرٕکہ "کرُت" کرِتھ پتھ۔ تمہِ توگ بوزن زہ یہِ کس چھ وَنان۔ مگر اکھ پھَن ژُلتھ بیٚیرہ بیٚنیہ پوٚت تہٕ کوکرس اُندی کُھج لیچہ کھوژی کھُلی ڈُونہٕ۔

"مبارک ہو شاہو۔ یہِ کرٕو اوٚن وَن کوہ کرِ؟" جانہٕ بژہ گوٚرس دارِ کِنہ نیرِتھ آو۔ شاہہ مال اُمِس اسِندی سی نیرنس پراران۔ امہِ رٔٹ چال۔ پھِرنس دِژن بُر وٹھ کِنہ ژُدِ ینا تہٕ کنس اندر روٚپہ گینہ واٗج نژہ ناداں نژہ وان دُژھس درجواب—

"وُنی ہو اوٚن، ہیتھے پاٹھی۔ سارٕن ژون ڈٕبلن۔" شاہہ مالہِ ترٕو "ڈبلن"۔ لفظس پیٹھ تیوٚت زور لوٚت نہٕ غلام خانن تہٕ اُمِس دنہٕ وِزِہ ترٕ ایوٕ۔

"گگمُت آسہ؟ جانہٕ بٔژہ دۄنُس اۄدہٕ پیٛرِت ـــ" تی چھُم باسان،
اَز کۄکرِہ ہن چھےٚ۔"

"تو تِہ ہو چھےٚ یہِ وُنہِ سۄتھنی زٕتھن ہنٛد۔" شاہہ مالہِ کٔرنس پانے
دۄنسا کھرہ۔ یہِ ہو چھےٚ بدل ذات۔ یور چھا شہرس منٛزِ لیٚن گنٛنہِ
انان۔ تۄہہ پتہ یوٗت دٔزوٗگ کٔس ہنیکھ ٹھ۔ یُتہِ گژھن یمہٕ ژھوٹہ
کوکرا آسٕنہٕ۔"

شاہہ مالہِ وُچھ نہِ جانہٕ بٔژ دۄہِ زلیتو۔ ظاہر تو گٔژھ بوزٕن نہِ یہِ چھَم
لوکن کٔن لاگیتھ یہِ مے گۄن ونان۔ سمہٕ ونہِ ھس ــ" اَدٕہ بامیہٕ چھےٚ رٕیتن
بگارِس۔ بہَر نٕہ آمیس بوس۔" یہِ وُنِتھ ژاپہِ سہ اندر۔ اَسنٛدہٕ گژھنہٕ
پتہ کوٚنٛد شاہہ مالہِ اَسہ وُنہِ ہونٛجہِ وُٹھن برٛدٔڑ ہیوٗ تہٕ اَتھی سیتی ہیوٗتن
گوکرِس تھلِہ وُچھنٕ۔

کیتھ اَسِس ژٕکہِ تلہ یہِ نہِ شاہہ مالہِ اوس یہِ کۄن گٔر جانہٕ بٔژہ ہنٛدہ شرٛہ
اَنہِ نو وُمت۔ جانہٕ بٔژہ آسہ پانژھ کۄکرِہ تہٕ اَکھ کوٗکُر تہٕ شاہہ مالہِ
آسہ کوکرے آژہ۔ جانہٕ بٔژہ ہنٛد کوکُر اوس دۄہس منٛز اَکِہ دۄہ یہِ
پھیرٕ نینہِ آنگنہ منٛزہ دۄسہِ پیٚٹھہ وُپھ تُلان تہٕ تۄہہ پتہ شاہہ مالہِ ہنٛدِس
آنگنس منٛز وَسان۔ شاہہ مال اُس نین کوکُر تہٕ آسنہٕ کینٛہ اَتھ خدائی
یاری زانان۔ مگر یمہٕ وِزہ شاہہ مال آنگنس منٛز دانہِ یا بینہِ کاتھہ

یُتھ چیز تاپس تراوِہے، یہِ اوسُس دوان اُچھن کھرزان۔ تہٕ کیازِ یہِ اوسُس برٲنٛٹھ دٔرہیو اگادِ گژھان۔ ژھیگ دیاد دیتہٕ اوسُس نہٕ پِرچھلہ وُدری کرنس پژان۔ پچھ گھنٹ برونٛہہ ییلہِ امہِ پیتھے پایہ تھو سنٛخ جیرہ تُمُس، شاہہ مالِ عیتے نیس بے حکمن دوہوان۔ جانہٕ بیتژہ بوز تہٕ سو دُرالیس دادہ کنیز واد کرنہٕ تہٕ اُتھی منز دِژنس پام ——

"تیلہِ ہیو گژھہ مہٕ کو کرُ اَتھ۔ بوز ہتہو۔ ہُتہ ییلہِ ماکل خور چھس روزان، داکل بیلہِ کتھ چھے زِو یزان!"

شاہہ مالِ گو اَشند یہِ وُنن موتہٕ کھوتہٕ سنٛخ۔ یہِ گیہ امی ساعتہ بیٹھک خانہ دارس کو کرُ ٹل اَنِنہٕ کھاترہ نالِ۔ بیٹھہ کرُ جانہٕ بتژہ تہٕ اتہٕ اورہ اُہندِس آنگنس منز کو کرِس گژھنس راۓ چھو۔ غلام خانن گجاو پوز اَپیزِ وُنی پچھ گھنٹ۔ مگر آخر تہٕ لوگُس نہٕ چارہ تہٕ مایسمہِ بازرہ منزہ ہیوتن اکِس کوکر۔ وأنس نِشہ تمین ڈبلن یِہ ٹلو۔ اگرچہ زنانہِ نِشہ ہتاونس روپیہ گھنٹ زیادے پہن کھالتھ، یُتھ نہٕ سو بیٹھک وَنیس —— وچھو اورہ کنیتھ کوکرُ آگھ ہیتھ۔ ذٲن نہٕ بینہ کُنہِ تہٕ بنیو دی!"

جانہٕ بتژہ ہُند کوکرُ اوس ماتزِ رنگ، دوہ زل۔ تہٕ مُنزی منز آسس کرُ ہنہٕ تیرہ تہٕ۔ شاہہ مالِ ہُند کوکرُ اوس چھوٹ، صفاشین

تہٕ نیپہٕ نیرٕ کرٕ وُن پٔرٕ دٕن ۔ چالہٕ ڈالہٕ کنہٕ اوس یہٕ جانہٕ پٔرٕ ہُندس کوکرس پوٗا اکھ سٔری تھٕنی ۔ مگر تِتھے اوس سہٕ اِسٕندہٕ کھوتہٕ نٕل نکھ کینہٕ زیادہ زٕو ڈٕور باسان ۔ یہٕ اوس پٔزر ، نتہٕ اَسی دٕو نوٚے اکی فٲنٹہٕ ہُندی ۔ یٕہ تٕوٗر آنٕہ کم یا زٕور آنہٕ زیادٕہ اکی ہوٚلہٕ تہٕ ۔

دوٚہ گٔژِھمت شامس ییٚلہٕ سٲری شوٗنگ ، شاہہٕ مال اُسی بسترس منٕز شرس لٔرہ ساوِتھ دوٚہ چاوان ۔ امہٕ اوس شانٕدٕ گوٗندس پتھٕ کھوتہٕ وٕٹھ ٹیکہٕ راوِتھ اَتھس پیٚٹھ کلگ سوزٕرے بار زٕوٗمت ۔ پتہٕ کنہٕ اُسی یہٕ شرس دوٚہ چاوان ۔ مگر اُندرِی اُندرِی اُسی یہٕ اَمی سی کوکرہٕ سٕند سوٚنچان ——— کوکرٕ وُچھِت کیاہ آسِس پٔتہٕ وٲنجہٕ نوٗن پیوٗمت ۔ تیٚوٗ دُنہٕ تہٕ اینٕز سوٗکھتھ اوم تیل چھہٕ تیلان ۔ وونٕی گٔژھ اَسٕند کوکر پور ترٔن ، زٕنگہٕ زٕشہٕ نے گوٗرٕم تیلہٕ چھسی نہٕ اَدٕ ۔ یی سوٚنچان سوٚنچان پیٚیہٕ اَمِس خانہٕ دارہٕ سِندِس تھٕجِس کٕن نظر ، یُس الگ کٕن پنٕنِس بسترس منٕز شوٗنگِتھ اوس ۔ اَمِس آدیہٕ امہٕ وٕزہٕ تیٚلتھ نوٗش شکل باز نہٕ وٕنِج کنتھ چھنہٕ ۔ مگر پتے امہٕ کھوتہٕ وٕٹھ کٔرِتھ شانٕدٕ گوٗندس پیٚٹھ کلہٕ تہٕ اوٚتھی شوٗنگٕن ۂشراو ، کوکرٕ مٕزٕ عنٕزٕ گٔیہٕ تھٕندہٕ تٕھرٕ ہا بانگ " کوکرٕ وکوٗں ، ں ، ں ، ں "

شاہہٕ مال نٔیہٕ ہے بنگہٕ رٕوزِتھ ۔ امہٕ تٕل کلہٕ تھوٗد تہٕ وارٕ پٲٹھی

بُچھ بوزنہٕ نہٕ میٚژ ماگو بدل گیٚنہٕ کنن۔ مگر یٚمیٚہ کوٚہ کرن بٲیکہٕ بانگ تہٕ دژ، اٚسِس زن ہٕپٹ کارٚ۔ یہٕ گیٚیہٕ یک بارگی بسترس منز وٚتھِتھ تہٕ خانہٕ دارِس لیُچھ آو دِتھ ہُشار کرنہٕ۔

"ہتہٕ وٚتھِیے۔ تہٕ کھوٚد ووتھ۔ بیار دِ۔"

"وُنیہ کیاہ زہٕ؟ - غلام خان گو اَڑٕ ہُشار ہیُو۔ زیٚہ ووٚد بانٛتھ میٚژ کینْہ۔"

"ہتہٕ آمو وِزِ کوٚ کرن بانگ، کالٕکی پہرٕ۔ - شاہہ مال اُسِس بانُبرٕ نیٚرٕ۔ "یہ کوٚ رہٕ نیشِل بلایہٕ پھٹ ژٕیِ اُونُت؟"

"بانگ؟" غلام خانن چونکھرِ ونِتھ۔ "اَڈہ دِژان۔ اسہٕ کوٚہ سحر خانی چِہ کرِنی، تتھی گژھہٕ وقتہٕ پھیرٕ۔"

"وُچھ اَدٕرٕ کیاہ وَنہٕ۔" شاہہ مالِ کھُش ژکھہٕ۔ "ہتہٕ کھوٚد ووتھ کھَش ژٕھنش کرِتھ۔ ژیٚہ چھیے ناخبر، یِمِس کوکرٕ کالٕکی پہرٕ بانگ دِیہ، تس گژھہٕ تمی وِزِ کھش کرُن۔ تمہ چھُہ نیشِل آسان۔"

"کینْہ تھِپنہ نیشِل ویشِل آسان۔ شونگ پانس ژھوٚپہ کرِتھ یمن بے تُلی کتھن آرِزِ نہٕ گژھان۔" یہ وِنان وِنان ہیُتُن غلام خانن کلہٕ پیٚٹھی رضائی۔ شاہہ مالِ کر یایہٕ پیٚنچ کِنْز واریاہ ژھَرٕ ژھٹ مگر غلام خانن نہٕ وونُس اتہٕ اور اکھ ترٕ نہٕ زہٕ۔ تمو ترٲو کھوٚر شور

نِندرِ تہٕ ینِنِس وَقتس پیٹھ گو صُبحس شتہ بجہ ہُشار۔

شاہہ مالہِ یوٗت بٔزٕ اُمس کورٕ ہنزٕ امہِ باگہِ ہُند گو' نیوٗت گوس دوٗ دہِ میٖر کتھہِ ہُند زِہ ہرگاہ جانہٕ بٕرٕ یہِ بانگ بوزٕ بُرٕ دیمہٕ سو کریم پامر دی دیا گدی۔ سہ وَنیم زِہ اُتی بیہِٹ آس کھے ونان زِہ پتھے گوکُر کیاہ آسس بٔ ژھاران۔ دُنیاہ جہانکہ کہ کر بچہ سحرہ پتہٕ صُبحکہِ نوُرچ خوش خبرِ دوان' اُمس منحوسس وٕچھتہٕ کلنۓ کیاہ چھہ شیطان نسہٕ کنہِ اژان۔

جانہٕ بٔرہ ہندِہ امہِ خوفہ مو کھے درایہ بٔز شاہہ مال کو کرمرِس دروازہ مُنز داُوتھ تہٕ کو کریک ترآوِتھ آنگنس منز۔ حالانکہ سہ روز ہے نہ اتھ زنہٕ تہٕ پتھ۔ تہٕ کیازِہ تس اوس وُنہِ خبر کٔژن دوہن دوسن تہٕ دیوارن کُن کتھہِ دیٖ دیٖ جانہٕ بٔرہ آنچ ہوُرن۔ یہ رُوز دُرنس منزِ ژھایہِ ہِلس کُن تہٕ کو کرن نیٖہ شی کرِتھ کو کرن سیتی آنگنس منز ژھال۔ شاہہ مالہِ پھیر اُمس کُن وُچھت واُنج دُبہ۔ تیوٗتھ کھوُرس یہ۔ کو کرن کوڈ شیہِر داو کرِتھ پھن واشا دُوشا۔ اُکس پکھہِ بناوِن داوچ تہٕ ماسے محبتہٕ سان دِژن کو کرن اُندی اُندی اوٗک اوٗک وارِہ ڈالہِ پوٗنشہٕ۔ کرکرِہ ژھہ دامن بپاوِتھ دُبن کھوٗرُ' زنتہٕ وَنان بس ——

"ہمے کیاہ گوٚو — یی چھاکران۔ پتھ برٛونٹھ چھکنہٕ وُچھانی کینہہ۔"
کوکر پوہیٛرٕ وُزہ برس کُن نظرٕ دِنہٕ زِہ آما از کیاہ چھینہٕ یہ
کُنہٕ نٔنی۔ پھل موٚ ہُڈہ تہٕ ترا اُڈن ہٕ۔ تموٚ ہیوٚت شاہہ مالہٕ اُوری
دورُن۔ کوکرس تہٕ توٚر فکرٕ زہ قصہ کیاہ آسہ۔ تمیٚ تہٕ زُٹ کوکرن
ہُنزی وَتھ۔ شاہہ مالہٕ ہیٚلہٕ اینزِن زنگن کُن نظر پیٚیہ، امہٕ ژکرنود
دِی گُرٕھت بتھ۔ اُمس آیہٕ اینزہ پمہٕ زنگہ پنجوٚ پیٹھہٕ باوڑہٕ تام
کھرٕ؛ بُل ہشہٕ دزلینٹھ۔ مگر شی شوٚ ہیوٚکنس نہ کینہہ تہٕ کرِتھ، یتھ زن
جانہٕ بٹہٕ بوزہٕ نہٕ۔ امہٕ کُڈ جل جل توٚلہٕ دوٚ ژھاتہٕ وُزہ منزٕ ہے دِژنکھ
آنگنس کُن دارٕتھ۔

جانہٕ بٹہٕ ہُندہٕ آنگنہ منزہ ہیٚلہٕ تہٕ سندی کوکرن دوسہٕ یاپارہٕ نووٚ دی
کوکر "کرٕوا" بوٚز، تس گیہٕ گردن کھرٹا۔ تمیٚ کوڈ سینہ ببر تہٕ پان
ترکروُن۔ زنتہ بدنکہٕ ساری نار شروک وَنہٕ آیس۔

"کُٹ، کُٹاک، کُٹاک — "تس ژٕج تھدٕ کرٕنکھ نیرٕتھ۔ زن
کوٚرنس آلو زہٕ ہیوٚکسو پیٹرٕ ڈار چھک ژٕہ اپاری مس آنگنس اندر
ژامت۔

"کُٹاک، کُٹ کُٹ، کُٹاک۔" شاہ مالہٕ ہُندی کوکرن تہٕ کرٕ گردن
کھرٹا۔ ظاہر دِتینس جواب۔ "بہٕ ہا چھُس چھوٚٹا کوکر۔ کتہٕ تہٕ کھیوٚر

تہٕ ہاوٕ سے۔ نتہٕ چھِہم ڈُوری مُشتہٕ ہاوان۔"

شاہہ مالہِ کھوٗر اشُند یہٕ کرٛیکہ ناد لاگُن۔ سہٕ دپان یہٕ ہے کُنہِ پاٹھۍ دَم پھُٹۍ گژھہِ ہے، دپوٗ نہٕ جانہٕ بٔژ اَسُنۍ آواز بوٗزِتھ دارِہ اوٚیزان گژھہِ۔ اُمِس سٔتی کرِ نہٕ بدلہٕ تِچ امہِ ؤزہ منزٕ یٔمۍ مٔژرِ دَکھ تہٕ کشہِ سان لامٕی نس پٔنِنۍ کِنۍ کُلس۔ سہٕ آیہٕ نہٕ اُمِس کینہہ تہِ، البتہٕ اُمی کھیٚیہِ دکتاک "کرِتھ وۄتھ تہٕ جانہٕ بٔژرِ کوٚڈ دارِہ کِنۍ کلہٕ۔

"ژیٚیٗ کتھُو پیٚٹھ از صُبحَے صُبحَے شرارتھ کھٔر مرٛژ۔ کوٗرِ نے کیاہ بیچٲری!"

شاہہ مالہِ زن ژٕٹکھ ژُورِ، تیٚتھے پاٹھۍ پھوٗٹس رُمن رُمن عرق۔ امہِ یُمہٕ موکھہٕ یوٗت یحتیاط کریاو، سہٕ رٛودُس سوٗرُے طاقچس پیٚٹھ۔ جانہٕ بٔژرِ ہیٚنزہ کتھہِ تلہٕ گوٚو اُمِس شُبہ زِ یہٕ چھیم وارکہِ پاٹھۍ لٔسِنہٕ ژٕٹان زِ یہٕ چھیہِ اسِنزہِ کالہِ کی پہرہ بانگ دِنچ شرارتھ۔ مگر تو تہٕ کوٗرِ مِن کیاہ تام ژٕرہِ جِگرٕ ہیوٗ تہٕ وونُس ———

"یہِ ناو دِوان یمِن کوہ کربِن پھلس کُن یکنہٕ ترٕ۔ شرارتھ کیہہ زِ گژھِم آسُنۍ!"

"نوٗ نوٗ وے چھَنا تو سے۔" جانہٕ بٔژرِ وونُس ٹھٹھہٕ پاٹھۍ ——

"تگہہٕ پیٚٹھہٕ آپراوکھ یوٗرَے۔"

"اَمانُو تہٕ گوٚڈہ اَسہِ رٕچھنٛ آسُن۔ تتھ چھُ کھینہٕ کھاترٕ اوٚنمٕت۔"

شاہہ مالہِ دوٚپ زِ اُمِس تھاوٕ بہٕ کانہہ کتھ وَننہٕ سٟی وارٕ۔ "تمُو آسہِ راتھ حلاٰلی کوٚرمُت، مگر سہٕ اوس تھکِت پومُت۔

"کیہو، رووہِ، ماٰرِیوٚن کیازِ۔" جانہ بڑہِ وَوٚننس۔ "ڈُچھ کرِتھ شکلہٕ ہِن چھُس۔ پلیٹھہ چھس آواز تہٕ ژُرژ۔"

شاہہ مالِ ڈوٚل بتھرِیک رنگ۔ تمہِ نیوُ اسندہِ "ژُرژ آواز" وَننہ ہنزٕے تُلتھ زِ امہِ چھے اینٛز سو بانگ بوزمژ۔ مگر اور کُن اَتھہ نِنہٕ بدلہٕ وُژھس بیٚیہ ——

"او ہیتھ ژھوڑ کو کر بیٚلہِ میٚہ رٕچھنہ آسہن تیٚلے کیتھ گٕنٛز اُسی پھیران۔ میٚہ لیُس کو کر اُمِس اَنُن وَنیاو، سہٕ چھُس نہٕ وُنہٕ تہٕ بدس یوان۔ وونی چھُس کمُو تام وعدہ کوٚرمُت زِ ییتھہ زانہِ تتھ دِمنے بہم کٕرِتھ۔" شاہہ مالِ باسیو زِ جانہ بڑہِ راؤ ہش اسندہِ جواب بوزِتھ۔ امہِ دوٚپ زِ یتھہٕ یہِ اوہِ خبر کیاہ وَنیم، بہتر چھُ پانس اندر اژُن۔

شاہہ مالہِ ہیوٚت اُندرہ کنہِ سماوارس تیوٚنگُل تراوُن، مگر اُمس اُمی سٟی کوکرہ بندِس سیاپس سنیمژ۔ تہٕ بیٚلہِ غلام خان مُشدہ پیٚٹھہ اَتھہ بتھہ چھلِتھ گھرہ ژاو، شاہہ مالِ پھرُس چایہ پیالہ تہٕ وَوٚننس

"چاے چیتھ ژھنتہٕ اُمِس کوکرِس کھش کرِتھ مجلس منزٕ
لسن بسن چھیہٕ ۔"

"آہانی تہٕ مجلس کیاہ اَتھ سیتی ۔" غلام خان وۄتھ لواسہ
کھنڈا ژاپان ژاپان ۔ "روزٕہ داری چھنہٕ زِہ سحر وقتک چھک
مغالطہٕ گژھان ۔"

"ژیٚ کیاہ، ژیٚ چھے کتھے آژہ ۔" شاہہ مالہٕ کھٕژ ژکھ ۔ "اَدہ
ییٚلہِ بڑٕ ژٕہ مار ہنٕ بہٕ کرہ ناوس پانے صمدی کھشس اتھ کھش، دپوہ
بہٕ یہ فیصلہ بلایہ رچھن ۔"

"کرہ ناوس ۔" غلام خانن کرٕ ژٕرٕ وۄنی کتھ ۔ "مگر ژٕھتھ نہ پتہ بیٚیہ نوٚو
کوکرٕ اَنیچ فرمائش آسِم !"

"کینہہ کرِے نہٕ فرمائش ۔" شاہہ مالہٕ دِتی بُلہ سماوارس پھوک
پوانژہٕ ۔ "یہ کیاہ جانہٕ بڑِہ ہُند کوکرٕ ہے دوہہ دوہس انگنس
منزٕی سیٚتہٕ آسان ۔"

غلام خان ییٚلہِ کامہِ دراو شاہہ مال وۄتھ تہٕ گیہٕ صمدی کھشس
گھرٕ، یہ وۄچھنہٕ موکھ زِہ تٔتھی چھا کنہٕ اورہ یور چھہٕ گژھن دراَمت ۔
صمدی کھشہِ اوس محلہ کین کوکرن ہند کھشہِ ملہٕ ۔ اُمس ورائے تہٕ اُسی
داریاہ کھش کرن زانان مگر اُمس اوس ووٚنی کیاہ تام ناوی ہیوٚ

ژکمُت ۔ توَے تہٕ اوس اتہِ کوکرن شُری ژریہٕ صمدی کھشہِ پِیُون " وُنِتھ دوہ یوٚ
کڈنہٕ یِوان ۔ صمدی کھشہِ اوس امہِ وِزِہ گرمی تہٕ دارِہ پیٹھے وٕنن شاہہ
مالِہِ ۔۔۔

" گرزھ باانُن بہٕ کرس کھش ۔ مگر بہٕ تہٕ کیاہ دوت سو شامس بائے گ ۔
ینہٕ دُپیو زٕنی باڑ کھمون ، او ۔ "

اَدہ یتہٕ ژرِیہٕ کمُر کوٗرُے ٹھاک ۔ چیاژ کھوتے چھا ۔ "شاہہ مالِہ
وٕونُس جواب تہٕ اسان اسان آیہِ گرہ واپس ۔ یہِ اُس خوش زِہ جانہ
بڑِہ نِشہِ رُوزِم نس سیوٚد ۔ نتہٕ آسمَ دوہ ژی کالہٕ شُبح تیٚسنزہ پامہ بوزنہٕ ۔

شاہہ مالہٕ پیٹھے اورہ پھیرت آنگنس منز ژایہِ ، اتہٕ دُپھُن بدلی
حالاہ گومُت ۔ بچارِہ کوکرِہ اُکس اندس کُن شرد کنہن ژاءژِہ ۔ جانہ
بڑِہ ہُندی کوکرن اُہندِس کوکرس سیٹھے سخ پائٹھو جنگ لوٚگمُت ۔
یمہٕ سو قیامت پاٹھ وائنی مِلہ ناوہٕ تہٕ سہٕ گردِہ لٚبھنگہ ژُنی مٕتی زِہ
کُنس خُدایس چھہ خبر ۔ بیٹھہٕ جانہ بڑ دارِہ بیٹھ بہتھ اُہنزِہ اَکھ
لڑایہِ تماشہِ دُچھان ۔

شاہہ مالِہ یاسپو زِہ جانہ بڑ چھہٕ اُندری کہنز خوش ۔ تس چھہٕ پوٗرہ
یقین زِہ میون کوکُر چھہٕ زینِتھ ۔ تہِ کیازِہ سہٕ اوس نلہٕ نکھہٕ کہنز مانگدی
ہیوٚ باسان ۔ بیٚیہِ اُسنہٕ محلکی ساری کوکر اکہٕ اکہٕ آنیہٕ منگہ ناوہٕ متی ۔ شاہہ

مالِہ ہیوّتن وائِجہ دُب دُب گژھن تہٕ تھس اکہِ رنگہ بیاکھ رنگ پیدن۔ جانہِ بژہ ہُند کوہ کراوس دوزُل تہٕ شاہہ مالِہ ہُند چھوّت۔ یمن آسہ گردنہِ ہُنزہ تیرہ پُورہ دائِیَرن منز کھرڈا گامژہ۔ شرارتہ سیتی اُسکھ کُلن نٹھ نٹھ تہٕ ٹھتھرایہِ۔ امہِ ٹھتھرایہِ سیتی آسہ یمن گردنہِ ہُنزن تیرن بجلی کرنٹہ ہشہِ یوان۔ بدن اُسکھ زیٹھے مِتہِ تہٕ پھوتین واش ہیوٗ درامُت۔ یمہ اُسہِ اکھ اکِس مقابلہ رُوزِتھ تہٕ ٹھتھرایہِ ہژہ گردنہ زیٹھ راۓِ تھراورہ یور نارہ شیچھ بادان۔ تہٕ اُتھی اندر بنیہِ پرسان پاٹھی اکھ اکِس جف ژُھنان تہٕ تونتہٕ سیتی ہرڈس تہٕ برڈس تلان۔

جانہِ بژہ بیلہِ شاہہ مال آنگنس منز اژان وُچھ، سوہ بیٹھ وارہ پاٹھی دارہ پیٹھ۔ شاہہ مالِہ باسیوٗ زہ امہِ روٗٹ چاو۔ جانہِ بژ وژھن "یہِ چھکھ وُچھان۔ اَدہ بامیون یہِ ژھوبُرکوٗ کُر کیاہ پوشہٕ اُمس چانِس کوہ کرس۔ مگر کھرس کیاہ۔ ہنے پانژھ دِہ پانژھ کُنی۔ اما پوز پیتہِ وَنے ژلہ ناوس۔ تہٕ چھن ہلکی کوہ کردیہ وَنہ ناوی مِتہ۔"

شاہہ مالِہ گو اندری ہے۔ مگر وَنہ ہمس کیاہ۔ یہِ اُس پچھتاوان زہ یتھ کیاہ گو یہ۔ اُمس گو شک زہ جانہِ بژہ چھ ژانِتھ ماننِتھ یژن کوہ کُر بود تہٕ روُدمُت۔ اُمس اُس وائِج نوّے نوّے کراں زہ

دوبتھ تہِ چیرہ اُمس جانہ بٔڑہ ہُندِس کوکرس ہوٗٹ۔ امہِ سوٗنچ زِہ پھتہِ پَتہٕ یام دِیمٕ تٔھیتھ کوزٕ نِھاوس بَرٕ بَڑو نِھٹی لوٗر پیٹھہٕ۔ یہِ وُژھس:

"میون یہِ کوکر لگہِ نہٕ اَتھ جنگہِ جنگہِ۔ یہِ چھُنا بدل ذات، توٗرے چھُ دُروگ ترِ۔"

کوکرہِ لٲج ہُڑ دُس تہٕ بُڑ دُس تِلی تِلی قیامت۔ یِم اُسی اکھ اَکِس رَتھ والان تہٕ تیرہِ کھٕنزان۔ جانہ بٔڑ اُس دارہِ ہُندِس دُکس زورہ سان ٹھف کرِتھ کلس نوٗسے تہٕ نوٗسے کران۔ شاہہ مالہِ اوس بُتھ اُتی نِ نارہ چاپتھ ہیوٗ گژھان تہٕ اُتی نِ لیڈر پوش ہیوٗ گژھان۔ سہٕ اُس اندرِ کینہہ اَتھ ہوٗران تہٕ زہر ژاپان۔ بلکہ اُس وُڈھ پھسرارے کرِتھ جانہ بٔڑہ ہُندِس کوکرس دو ہوان۔ "گژھ ژیٚہ تونٛت پینٛز وُسِتھ۔ ژیٚہ زٔنگن وَج گژھن۔" کوکرہ وول اکھ اَکِس رَتھ۔ جانہ بٔڑہ ہُندِس کوکرس اوس نہٕ دوہ ژُل رنگ آسنہٕ کینہہ بوزنہٕ یِوان زِہ کوتاہ آس تہٕ کیاہ آس۔ مگر شاہہ مالہِ ہُند کوکُر اوس چھوٗت آسنہٕ موکھ خوٗنی خوٗن گوٗمت باسان۔ اَسند یہِ حال وُچھِت اُود نہٕ دوہ نی شاہہ مالہِ پانس تام کینہہ تہٕ۔ اُمس ژوٗل نیرِتھ ــــــــ

"ہہ یہِ چھانہٕ رَتہٕ چھپہِ لگن۔ وُچھ کُس حال کوٗرنے۔ اُمس پینٛز یہِ تونٛت وُسِتھ۔"

"اوّت پیٹھ کتُو واُٹِ کھ۔ وُنِہ کیاہ گو۔ وُنِہ وُچھ پیٹھِ دبہ وَنِہ ناوہ وس" جانہ بڑِہ کوُرُس واد۔

شاہہ مالِ اوس وونی جانِ مَنس پیٹھ آمُت۔ اُمس اوس کالِہ پیٹھے اکِہ پیٹہ اکھ حاُرِی ثات بُنِہتھ آمُت۔ یہ دِیِہ ہے جانہ بڑِہ خیر کیاہ ٹیوٹھ جواب یتھ نِہ جانہ بڑ تہِ تھو یہ کرِہ ہے۔ تہ یہنِہ یہ اُندری جنگہ جنگ وارِہ ہے ووہ ہوَن تہ بکواسس پیٹھ، زِہ ہنگہ منگہ ژوٗل اکھ کوٗر۔ یہ اوس جانہ بڑِہ ہند تہِ شاہہ مالِ ہندی کو کرن ہیٹِرس سارِی سِی آنگنس لارہ لار کرِنی۔ شاہہ مالِ باسیو زِہ جانہ بڑِہ ژُج عرق ژھٹ نیرِتھ تہ بُتھ گوس تمِنہ تاو ہیو۔ مگر یَنِہ ژ بتھ رَچھِنہ کھاُترہ کوٗرُن مُکر دوٗر زِن نِہ اکھ جنگہ جنگِہ سیتی کانِہہ تہِ غرض اوسُس۔

اَدہ باتہ ہیے کو کرُ مارِیونا۔" جانہ بڑِہ ووٗنُس اکھ ہونگِنہ دِتھ "میونے بوٗزِو، رچھوَن، مہ مارِیوَن!"

"تہ بوٗنہ تھو ترِیہ پوٗزُسے۔" شاہہ مال وَژھس ردہ یہ کِنِہ واُج نرِہ ناوان۔۔۔ "میہ نِشہ اُسو تن کو کرس ہتھ ناصیفتہ۔ کالِہ کی پہرہ دِی تَن بانگ۔ میہ چھی نِہ تمِکی غم۔ گر جنگہ جنگِہ رِیتھ گژھِہ سخ آسُن۔ بہ اُمس سَے سیتھے کو کرُ ژھاران!"

# آبہٕ سَر کنہٕ پل

(فروری ۱۹۶۱ء)

ہَردِٕ دوہ آسی۔ سو نہ ہارِ تہ شولِ وُنی دوہ۔ آفتابہ
اوس بالہٕ بُزٕ گُزِھت نظرِ تَلہٕ ڈٔلمُت۔ اما پوٚز اکھ دوہ زِچ زٕژہ
موٚہٹا اُس وُنہٕ ترِ آسمانس سایہٕ گاش دِوان۔ جاناوار آسی پینگتَو
پینگتو موٚکلِتھ دوٚہو اکِہ اکہِ دوٚہہِ دوٚہہِ اورِہ یور وُچھال تہ روت
آلبن کوٚن دوران۔

تام دِژِن تِنٕہ وُنل داآرِتھ۔

وُنلہِ ہُندِس اکھ ذاکس منز گو نظرِ ہُند دامن واریاہ تنگ تہٕ
اُندی پوٚک موٚڈیو اُکس لوکٹس مادانس اوتام۔ وُتری واوہ
زِنگشو ہیوٚت سوٚت سوٚت چلُن تہ گُل لنجن پیٹھہ لگ زرد پنہٕ وُتھر
اَلِنہٕ تہ ڈٔلنہٕ۔

تام دزاد شاہہ تارُکھ نوٗن!

رژھا گژھت آد اکھ ژھبنہ گومُت اُخری کوتر تہٕ وُپھان وُپھان وُنلہٕ اندر دوٗر کھتہ تال شایہ پننِس روت اُلِس کُن روزنہٕ۔ اُہندِہ پکھہ داوہٕ سیتہٕ دوٗر کیونژھ کالاہ فضاہس اندر اکھ بے آواز حرکت ہش گژھان۔

ییتِس کالس گیہٕ اُمری گاشہٕ نژر تہٕ ژھبنہ تہٕ ہتہٕ ییتہٕ لوٗگ آسمانس تارُکا تارُکا پھٹنہٕ تہٕ نوٗن ییرنہٕ۔ ووہ تہٕ اوس سردشام ژوٗ پارِی ٹاکین وہراونہٕ آمُت تہٕ ساروِی جاناوارَو اوس پننین روت آلین اندر قرار لوٗبمُت۔ البتہ اکھ ہاجرہ اُس وُنہٕ تہٕ ڈالانس پیٹھ پرہ ژھبنہ گنز تہ روت آلہٕ دوٗس تِکھ لبتہ بہتھ۔ اُمِس اوس نہٕ کُنہٕ پیٹھ ژنگ تہٕ احساس۔ نہ امہٕ سو نہاوی تہٕ شولہٕ وُنہ شامُک، نہ یمہٕ کتھِہ ہُندہ زِہ سو چھِ اکھ زنان، قبوٗل صورت تہ کھسہ وُنہ وانسہ۔

ہاجرہ اُس موغل سر کِس پچھمی بٹِس پیٹھ اُکِس خام سیرِ مکانس منز روزان۔ اکہ اوس دوٗمِس پورس شیرہ پاسہ ادہ درِ اکھ کُٹھمُت پچھِ ڈالانہٕ۔ یہٕ جلے اُس اُمِس ماہِس ہاجرہ ہنز شُشیہ ترک زمینہ سان، کُل بل ودراثت رُوزمژ۔ اُمِس اوسکھ نابالغی منزی گرزامتر اُؤنمُت، یُس یمن دہن اُمہ سندی یا اُٹھی نابالغ اوس۔

یہ اُس تس سیتی بأ‌ے درایہِ گِنداں دِژِ کان تہٕ ژُوان روشان۔
لوکچارِ کی ییتھی ہی کھاندر چھنہٕ عام طور کامیاب روزان۔ کینہہ نتہٕ کینہہ
کُھرِ ناو چھےٚ یا ترِیمِن ژھین کران، نتہٕ چھےٚ دوٚن باژن عمرِ
عُمران اکھ دِق دأری للہ وِنی روزان۔ مگر ہاجرِن یوٚژھ بالغ گرِژھت
وَژِھ وأنجہٕ ہِنٛز ژُون۔ یمِن سَیُد پانہٕ وأنی تیٚمہ رُت بنارِ زِہ
مأنس ہاجہ اُسکھ نہٕ پرٛژھ ترٛیوان۔

مگر زندگی چھنہٕ اِنسانن ہِنٛزی اٚژ یژھ وُچھان، اَتھ چھےٚ پننہٕ
تہٕ اکھ یژھ آسان۔ چنانچہ کھاندرہٕ پتے آیہ ہاجرہ زِندگی ہِنٛدِس
واوِلِس منٛز وَلنہٕ۔ گوڈٕ ہوٚیس موج، توٚرہ پتہٕ موٚل، تمِ تہٕ سَتنی
دوہن اکھ اکس پتہ برٛونٛٹھ۔ ژُون تہٕ اوٚسُس بیمار گومُت مگر توٚت
تام اوس ڈاکٹری مدد اور واتمُت تہٕ تس ہیوٚک نہٕ ہأنٛنہٕ بیمارہٕ
ہوٚٹ چیرِتھ۔

ہاجرِن ژُون اوس آب بانہٕ۔ سہٕ اوس وَلِشوٚہ منٛز مہان پیرہ
ناوِہنٛچ موٚژوری کران۔ ہأنٛنہٕ بیمارہ تلہٕ دوہ تلنہٕ پتے گوسہٕ کامہِ پیٹھ
واپس مگر توٚت وأتِتھ ژوٗری دوٚہی وأژ تسنٛدِ ہنگہ تہٕ منگہ مرنٛچ
خبر۔ کینہہ اُسی وَنان زِہ اکس شہتیرس اپرہ کران کران لوٚگُس دَب
تہٕ کنہِ پلس سیتی چھاوِنہِ پتھ پھٹِس کلہٕ کھاسِ۔ مگر کینژن ہُند گفتار

اوس زِ ٹھیکہ دارس ہیتی سپدُس کتھ تاں کتھِ پیٹھ تکرار۔ تمہٕ لائیس ٹُلس لتھ۔ یہِ آد وُکرادِیٕ تہٕ تتھۍ ہیتی دِ تُن امانت۔ ظاہر پیچھس لوکہٕ وَچھ۔ بہرحال کتھ یہِ سپُز تہٕ تہٕ، ہاُند بیمارہ ہیٚے تراُدیوو، مہانہٕ ٹاسن نیُو پانس ہیتی ڈٲہتھ۔

ہاجرن یام یہِ کوٚشچھ لوٗز اُمس ژوٚل زُو نیرِتھ۔ ژو پارٕ آیس انہٕ گٹھے انہٕ گٹہ لبنہٕ۔ زِندگی ہنز یہِ بتھ وَتھا آیس دِزان تہٕ دِیان دِزینٹھو۔ یہِ بنے یہِ اکھ زِندہ لاش ـــ بے حِس، سرد تہٕ خاموش۔ امہٕ ترُوو گامس کُن نیرُن تہٕ کأنسہِ ہیتی زُلُن میلُن۔ یہِ اُس دوٚہے دوہس یا تہٕ ڈالانس پیٹھ بہان، نتہ ڈلأمی ڈلأمی بلن پیٹھ موغل سٹرک تماشہٕ وُچھان۔ کُنہِ لُطفہٕ کھاتَرہ نہٕ، بلکہِ محض وُچھنہٕ کنہٕ وُچھان۔ بے مقصد، بے معنہٕ، خوٚشی یا غم کہٕ کُنہٕ تہٕ احساسہٕ وِبجاسہٕ روٚس۔

اُمی شند کُل گذارہ اوس تمہٕ زمینس پیٹھ، یُس مأل میراثہٕ پیٹھ کُن اوٚسُس زُود مُت۔ اکھ اوس وونی گامُک اکھ نان گار نیصفہٕ حصص پیٹھ لاگان۔ گامس منز اُسی اکھ نہٕ جوان تمتھی تہٕ یم یٹھ ھان اُسہ زہٕ ہاجرہ گژھہ تمِن ہیتی کھاندر کرِنی۔ تہٕ کیا زِہ ہاجرِ نی واُنس اُسی کاژاہ وُ نہٕ۔ لوٚڈ بُڈِیم ارداہ ۔ کھاندر

سٚپدِتھ زیادہ کھوتہٕ زیادہ اوٚسُس اُکِس وُرٕہِیس رُوٗن زِندہ۔ وُنہٕ آسُس اُمِس یہِ دُپُن زِہ تہِ کھاندرٕچ مانٛز اَکھ کھوٚرن ساوٚد وارٕی لاگٕر۔ مگر ہاجرِس آس دۄیمہِ کھاندرٕچ غاٗہِش موہٕرٕ۔ اُمِس اوس دِماغ شٹھیومُت، دِل ہُندرٕیومُت تہٕ پان بےحِس سٚپدمُت۔ گامس منٛز آس اُمِس متعلق دۄنٛی یہِ کتھا عام زِہ یہِ چھِنہٕ پٔنٛنِس جامن منٛز پوٗرِہ پُرٕ۔ توٚے تہٕ اوس نہٕ اُمِس نِشہِ کانٛسہِ یِن گژھن۔

ہاجرِن مکانہ اوس گامہ نِشہِ ہنا بیوٗن بِدوٗن۔ البتہ اَکھ مکانس نکھہٕ تل اوس اکھ سرکاری ریسٹ ہاوس۔ یہِ ریسٹ ہاوس اوس ترٛوٹ تالہِ نزدیک آسنہٕ کِنہٕ اتہِ بناونہٕ آمُت۔ بذاتی اوس یہِ پٹوار حلقہٕ مگر یتہٕ آو اَکھ گژھ تہٕ روغن کٔرِتھ سبٹھاہ کینٛہہ ٹیپ ٹاپ کرنہٕ۔ اَکھ اُندی کِنہٕ اوس دِیہہ وارِک مۄہ کُلی گنیر زِہ ہاجرنہٕ مکانہ بیٛنٛٹھہٕ ہرگاہ اوٚت نظر ترٛاوِہو، سو آس کُلین منٛزی روٹِہ تہٕ رٕاُمی گژھان۔

یُمہِ وِزِہ آسمانس پیٹھٕ آخری گاشہِ زٕرٕ تہٕ ژھیتہٕ گیہٕ تہٕ ہٕتہٕ یتہٕ لوٗگ تارکا تارکا ھیٹنہِ تہٕ نوٗن نیرنہٕ، ہاجرِس آو کُلی لنجہٕ منٛزی ریسٹ ہاوس اندر گاش ہیو ڈٕریٹھہٕ۔ یہِ گیہٕ پٔننہِ شاید عادٔنی زِہ ازکُس چھُہٕ یِتہٕ کالی اِتہٕ اور روزنہٕ آمُت۔

ہاجرہ ژایہِ ڈالانہٕ پیٹھہٕ اندر تہٕ ژونگ نۆ اَلمارِ پیٹھہٕ بہٕ ژ کینہہ ٹیب درنہٕ۔ اتھاوُس ڈالانہٕ کِس اَکِس کُلِس سیتۍ رۆٹِتھ تہٕ ہیوٚ ودُھمُت۔ وُنہٕ اوس امہٕ شٔرِنہٕ پننۍ تورمُت زِ امِس گو وُزہ کِس بَرس گوٚڈہ لوٚت لوٚت تہٕ پتہٕ زوٗرے پھَن ٹھک ٹھک۔ امہٕ کوٚڈ کِرِیمانہٕ تہٕ کیا نہٕ مۆن مٔرِتھ اَتھ دِتھ تام اوس نہٕ کانہہ تہٕ شامہٕ پتہٕ اُہندِ برہ کینہ پوٚکمُت۔ یہِ وُژھ جل جل تھوٚد تہٕ لوٗن وسنہٕ بجایہِ دژایہِ ڈالانس کُن۔ یتہٕ وُزہ کِس دروازس پیٹھ نظر آس پیوان۔ امہٕ وُچھ اتہِ اکھ نوجوان اِستادہ، یُس شکلہِ صورتہٕ تہٕ پلو پوشاکہٕ کینہ شہری اوس باسان۔ امہٕ زون زِ یہِ آسہٕ ریسٹ ہاوسہٕ منزہ آمُت۔ یہِ وُژھس:

"ژٕہ کُس سہٕ چھکھ ژھاڑان؟"

"کانہہ ناو۔ میٚہ آسہٕ ژٕنۍ ہیچھ تہٕ وبرہ ضرورت۔ وُنۍ چھہ کینہہ وبلے وَکھ صبحس کرٕو اُسہِ پننۍ انتظام۔"

"مگر ژٕہ کُس سہٕ چھکھ؟"

"بہٕ ہوٚ چھُس نائب ہائیُن اکھ کلرک۔ اُسہِ وآتۍ وُنۍ وُنۍ یور۔"

"تہٕ ژٕ چھوہ سہٕ ریسٹ ہاوسس منز روزِتھ؟"

"آہا نو، اسہِ روزہ دفترہ تہٕ ڈیرہ اُتھ۔ بیٚیہ کوٚت گژھو۔"

"یوڑ کیاہ کرنہٕ چھوہ آمتیٚ؟"

"یہِ چھُنہٕ نوٚو بندوبست سپدان۔ یتھ علاقس تہٕ سپدِ۔ توٚے رچھ آمتیٚ۔"

"اچھا روزِ۔ بہٕ ترٲوے یپاٚرۍ کینٛہہ پھلہٕ۔"

"مہربٲنی!"

ہاجرن ترٲوِ اُمِس زِنیٚ ہیچہِ دٔہ مرہ تہٕ پانہٕ ژایہِ بیٚیہِ اندر واپس۔ اُمِس اوس دوہ زیٹھان تہٕ راتھ ژھوٚٹان۔ راتس نِندرِ ترٲوِتھ ییلہِ گاش پھولہ وُن یہِ ہُشار اُس گژھان، اُمِس اوس باسان زَنتہٕ یہِ وُنیٚ وُنیٚ اُس شوٚنگِتھ ہیوٚ۔ مگر دوہ اوسُس ڈالانس یا سرسِس پیٹھ پھیٚ پھیٚر کوٚہس سمٛب گژھان۔ یہِ اُس اکان تہٕ تھکان تہٕ پھیرِ پھیرِ اَفتابس قدم گنزران زِہ کوٚت ووت تہٕ کوتاہ پوٚک۔ یمہِ وِزِہ اَدہ آفتاب اوس لوسان، اُسند سورُے جسم اوس ٹھکِتھ تہٕ ژھینِتھ پیوٚمت آسان۔

یہِ ژاہہے نہٕ اُسن۔ اَسہِ ہے تہٕ کس سیتیٚ۔ توٚہ یتہٕ اَسان چھینہٕ وُٹھ بلکہ دِل۔ تہٕ اُمی سُند دِل اوس کُنہٕ بنیومت۔ موٚفل سرکہِ بٹھیکِ پل، یتھ کُنہٕ تہٕ لہرہ ہُند اَتھہ کیتہٕ گتس چھُنہ پلان

---

پرٛاتھ گژھت دٔویہ دوہہ دٕپہرس باگی اُس ہاجرہ بلٕس پیٹھ
بہتھ سرس وُچھان۔ سرس منز آسہ مٔنزٕ داوہ رنگٕشو ہستی رنٛچہ رنٛچہ
پھُٹہٕ ہشہ پیوان، یمہٕ راشہ لد اکھٕکی پاٹھی بھر بھر آسہ ہلان۔ مٔنزٕ
اوس تلیتھ سکوُن سپدان زِ آہِج سطح اُس آنہ پوٚٹ ہشی گژھان
تہٕ آسمانس پیٹھ آوارہ سفید سفید اڈبرہ ڈینجن ہُند عکس اوس اتھ
منز کنہِ ژھایہ گرایہ رٔوستے دٕرٛینٹھی یوان۔ رازہ پوٚنزٕ تہٕ سُنزٕ مچھ
آسہ شی کرِتھ آبہ سطحس پیٹھ وسان تہٕ دوٗر تام کھرٕ ہِشی ترأوِتھ
بیٚیہِ ہوا ہس منز نژُن ہیوان۔

تام گو آبس تھٕس

ہاجرن تُج یکدم نظر مگراتہٕ وُچھُن صرف اکھ کھٕلہ دائرہ بنٛڈس کُن
دٔوان تہٕ دوران۔ امہِ نیوُ یہِ گاڈہ دوہٕ ٹرکُن۔ تہٕ کیازِ اکھ سرس منز
آسہ گاڈہ تہٕ گرُن تہٕ، یمِ عام خیالہ موجوب بند سرٕچ آسہ کنہٕ کھینہٕ
حرام چھےٚ آسان۔ تام گو آبس بٔنیہِ تھٕس۔ یہٕ اُس گاڈہ دوہٕ ٹرٕ ہنز
یہِ جلے ڈُنی راونٛچی کوشش کران زِ بٔنیہ گو ییتھے تھٕس۔ امہٕ اٹہ
وُچھ امہٕ زِ یہٕ چھنہ گاڈہ دوہٕ ٹھ کینہہ تہٕ بلکہِ چھُ گٕ تام سرس اندر
کنہِ پھٕکی لایان۔ امہٕ پھر پانس کھوڈُر کُن نظر تہٕ اودہ وُچھُن ویرہ دارٕ
مٔنزٕ راتَک سہ جوان کلرک پانس کُن یوان۔

ہاجرس گوٚو دوٚپ اِنسان پانس کُن ینک کانہہ تہِ تغاڈ۔ پہِ پیٚمہ آپہ پکس بیٹھہ ہیتھ اُس، تمی انداز ہ رُوز ہیتھ۔ عاٰزم دوت اُمس برونہہ کُن تہ پوان پوانی لوٚگُس وَنُنہِ ـــــــ

"ہ ہوَ اوسُس اُکِیم کنہ پھکُو لایان۔ میٚہ دوٚپ تلا پہِ کاغذاہ چھہ سرہ کِس تماشس محو گامُت۔"

ہاجرن دِیت نہ اُمس کانہہ تہِ جواب۔ صرف لُج ساڈ ہیی مرس بٹھہ بٹھہِ نظر پھِرناونہ۔ عاٰزِمن پرٛژھس بییہِ ـــــــ

"پہِ چھیو ژیٚہ مالِنہ گرہ؟"

"اوَے!"

"تہِ کُر بینہ بأے چھوہ؟"

"نَہ، اکھ ترہ نہ"

"اَدہ کُس چھےٚ ژیٚہ گرس۔ موٗل موجی اوتہ؟"

"نَہ، تِم تہِ مرِ مِتی"

"اَمانہِ تہِ پتھ کُس سیتی چھک ژہ روزان؟"

"ژیٚہ کیاہ سہ چھےٚ تتھ سیتی؟" ہاجرن وونُس تیز لہجہ پھپن۔ عاٰزِمن زوٗل نہِ اُمس گومیٚون یہِ دَنُن ناگوار۔ تمہِ تہِ بدلوو لہجہ ـــــــ

"کینٛہہ نَو۔ میٛہ ترٕ چھہ پانس جٲنی بٲتھ گامٕژ۔" عازِمن کرٕ
ژھوپہٕ تہٕ ہاجرن ہیوٚت کھوٚرہٕ سیتہٕ آب چھوکہٕ ناوُن ہیوٗ۔" عازِم
وۄتھُس بیٚیہِ ——

"میٛہ ترٕ نہٕ چھُ بیٚیہِ کانہہ بینیا بویا تہٕ نہٕ چھُم موسلے زِندہ۔"

"مورج چھےٚہ؟" ہاجرن پھیُر اَمِس کَن بُتھ

"آہا تو چھم، مگر سُہ کیاہ آسُن گو!"

"کیازِ؟"

"سو ہوٚ چھےٚ بُڈہ تہٕ صحتہٕ کنہٕ تہٕ مہ کلیٚمٕژ۔ اصلی بوز میٛہ ترٕ چھُم جٲنی
باُٹھی ییتھ ترٕ خوداے تہٕ بروٚنٹھہ ترٕ خوداے۔"

"تو ہہٕ کُس سہٕ چھُوہ ییتہٕ رَنن یوٚن؟"

"نایِب صاٲبس چھُہ مِنٛز لانگرہ۔ اُسی چھہ ژۄور کلرک پانٕے رنان۔"

"تو بہٕ چھُوہ رَنُن گَژھن؟"

"ہَتو کران چھِس اَڈہ پھوٚٹ وَڈہ پھوٚٹ تیار۔ بہٕ چھُس دیان
میٛہ کرٕ گژھِہ والیس شہر تبدیلی!"

"کیازِ؟"

"ماجہِ ہُنٛز پریشانی چھم بیٚیہِ کیاہ۔ بہٕ دوالو سی نہٕ یود۔ مگر دوہم
تامت گژھہ یتہٕ آلو تھو والیس۔ مورج ماترا وُم کُنی۔"

"تہٕ ہسہٕ چھُہ پوٗز۔ کُنہِ اِنسان کتھ لگہِ۔"

"آہانُو تہٕ تِہٕ کیازِ چھک کُنہِ ژٕنی روزان۔" عازِمن کرٕ اُہنزٕی کتھِ ہتھ ـــ

"اَدٕ کیاہ کرٕ ؟"

"کیازِ، کأنٕسہٕ سیتی گوٚژھ کھاندر کرُن۔ یتھٕ پأٹھۍ روزُن تہٕ کیاہ روزُن گو ؟"

"کس سیتی کرٕ ؟" ہاجرس ژوٚل بےٚشونٛکی پأٹھۍ نیرِتھ۔ توٚسے ژأپن یک دَم دَندن تل زٮو۔

"میہٕ سیتی کر تہٕ۔ بہٕ نِمتھ پانس سیتی شہر۔ تتی بسو۔ میأنی موج گژِھ عیش... گأمِچ نوش وُچھِت۔ سو چھےٚ اکثر ونان ژٕ ییٚ کُنہِ گنڈ واتھ گژِھ ہی، بہٕ مرٕ ہا شہج۔"

تامت گو ںٮرٕ کرِ اپأرٕ ہرِ طرفہ نأیب تحصیل دار پأدٕ۔ سُہ آسِہے حیکرس درامُت۔ توٚسے اوس لوٗر گلوان لوٚتی لوٚتی پیرٕ تلان۔ عازِمس یتھے تس کُنہِ نظر پیٚیہِ، سُہ وٚدِتھ جل جل تھوٚد تہٕ ہیوٚتن ژٕلُن۔

"بہٕ ہوٚ نیرٕ سے ووٚنی۔ اَدٕ چھُہ نأیب صاحب یکان۔ تمہِ سے میہٕ کُن نظر پیٚیس، خاہ مخاہ کرِ بے عزتی۔ اُتھ چھُہ یہِ کُنہِ منجُوسا

اکھ ــــ "

عازمنہ گژھنہ پتہ گیہِ ہاجرہ واریاہس کالس ہیمے بنگہٕ رُوزِتھ
تَوہ پتہ وُژھ تہٕ ژایہِ گرہ ۔ اتہِ تہِ اُس گہے وو تھان تہٕ گہے
بہان ۔ اُمِس اوس نہٕ کنہِ اَندہ قرار یوان ۔ دِلس اوسُس وُتارہ
وو تھان تہ دِماغس آولُن ہیوٗ یوان ۔ اُمِس اوس پرٛتھ چیز،
اَسمان، مکانہ، کُلۍ کٹھ، پنُن پان سورُے گتہ گیوٗر کران باسان ۔ یہِ
اُس وَدن کرِتھ دِنہٕ یژھان ۔ تِژھ کرِتھ یوس آسمانس پاشہِ پاشہِ
کرِہ، یوسہٕ زمینس خاک تہٕ ڈاک وُڈاوِہ ۔ مگر کرِتھ دِنہٕ بجایہِ
لُجُ یہِ صرف بکہٕ بکہٕ اوٗش ترٛاونہٕ تہٕ سونچنہٕ ــــ "اُمی کیازِہ کرُ پژھ
کتھ ۔ اُمی کتِھہ پاٹھۍ کرُ یہِ کتھ ــــ " پہراہ گژھت ییلہِ دِلک
بار ہنا لوتیوٗس، اَمہِ کوٗر پانس سیتی فیصلہ زِہ یام یہِ پگہ بلیہِ واتہِ،
بہٕ وَنس صاف زِہ نہ گژھ میہٕ سیتی کتھ کرنی تہٕ نہ گژھِ بیٛتھ
پاٹھۍ میہٕ سمکھن !"

---

پگاہ اُس یہِ سرس پیٹھ صبحہ پیٹھے حازمس پراران ۔ اُمِس
اوس پوٗرہ یقین زِہ سُہ روزِہ نہٕ واتنہٕ روٚس ۔ یہِ اُس سونچان ۔
" واتِن ۔ پوٗرہ پاٹھۍ کیاہ دِمس، ژوٹ ۔ آخر اُمی کتھہِ پاٹھۍ ووٚن

میٖہٕ ژٕہ کرٕ میٖہٕ ہستی کھاندر۔ بہٕ ہُمتھ پانس ہستیٖ شہر۔ یہِ کمس ادس میٖہٕ
شہر نیٖنہٕ وول۔ بہٕ چھس کنُہٕ تہٕ اُمس کیاہ۔ یہِ کُس چھُ۔ گوڈٕ چھُ
کیٚتھ۔ آیہٕ وایہٕ رٕوستے کیاہ دٕوپُن میٖہٕ ہستی کرٕ کھاندر۔ نہٕ زان
تہٕ نہٕ پہچان۔ ہُتو نہٕ ــــ "مگر ہاجرہٕ انتظارہ باوجود آونہٕ عازم کینہہٕ
تہٕ۔ امی دوہہ بلکہ بیٚیہٕ دوہہ تہٕ گونہٕ سہٕ اُمس کنہٕ نظرٕ ــــ" اَما
سہٕ کیاژٕ آو نہٕ۔ "یہِ رُچ سوچنہٕ ــــ" بلایہٕ جانی گو، آونہٕ۔ ظاہر اوس
اُکھت کرُن۔ یِم شہری چھِ ہیٚتی آسن۔ مگر۔ خبر بیمار و بمار ما آسہٕ
گومُت۔ تتہٕ آسہٕ ہَس خبر کتھ حال، یتہٕ پیوس اڈہٕ پھوٹٕ کھیوٚن ــــ
تھوس ما اُنس تمی ــــ مگر ــــ نہٕ ــــ ظاہر چھُ اوترہٕ نائب
صاٰبن میٖہٕ ہستیٖ وُچھمُت۔ تمی آسیہٕ بے عزتی کرمژٕ تہٕ کاٗنہٕ
کوٗرمُت۔ بِچارس، میانہٕ موکھہٕ ووتُس بُلی آنزار۔ اُتھو تہٕ میٖہٕ
ہیوٗ بے کس تہٕ بے آسرٕ۔"

میہٕ اُمس کنُہٕ طریقہ نانوٗ یژھان ژٕہ تس کیاہ عُقد آو بنیتھ۔
اُہندِس دِل کِس پکس سپدٕ ہمدردی ہُند اکھ شگاف پادہٕ۔

---

ترٕوٗہمہ دوہہ اقتابہ لوسہ وِن اُمس ہاجرہ اُندرہ کنہٕ ہیتھ
چلے چیوان ژٕہ کنہٕ ٹھس ٹھپہ رٕوستے گوس عازِم بڑونٹھہ کُن

پاڅہ۔ اُمِس پیٹھ یِکھ دَم تُتھِس دوشلیٚنز ژھٹ۔ یِہ اوس گوڈنیُک موقعہ ییٚلہِ خاوند مرنہٕ پتہٕ کانہہ مرد اُہندِس مکانس منز ییتھہٕ پاٹھو اوس ہیوٚر کھوتمُت۔ عاژِمس اُمس اَتھس منز ییٚر کھنڈ وزنہٕ ترٛوٹ گاڈٕ۔ سُہ اوس شاید ییتھہٕ بہنک سنٛز کران زِہ ہاجرن پرٛژھس:

"یمن دوہن کتہِ سُہ اوسُکھ؟"

"ہتو کینہہ مہٕ پرٛژھ کتھہٕ بلایہِ اُسی لگمٕتۍ۔ توٚرکی کاغذات واغذات اُسی کھولان تہٕ تِم حِسابہ سان تھاوان۔ راتھ دوہ اوس موکُل۔ مگر نائِب صاٲبن دوپ زِہ از گژھو ترٛوٹ نِشکارس۔ اَدہ دوٚہی دوہس اُسی توٚرٕی دربدر۔ اَکھتے اُنِم تریہ کرٛژھ تہِ اکھ گاڈٕ۔ ژٕہ تِہ روز اسہِ سیتۍ شاٲمِل۔" یِہ وُنِتھ ترٛاوُ اُمی گاڈ ہاجرس برٛونٛٹھہ کنہِ ییتھہٕ۔

"ژٕہ اُزِہ نہٕ ییتھہٕ پاٹھو میہٕ نِشہِ یِوَن؟" ہاجرَن ژٕگ ترٛوٹ گاڈٕ تہِ تھوٚد وُتھِتھ لٕجِس واپس پِلہٕ ناونہِ۔

"کیازِہ۔ میانِہ طرفہ آیا کینہہ گُستاخی؟"

"میہٕ وُونے گژھِہ نہٕ یوٚرُٹھ ین!"

"اُخر وجہ؟ میہٕ تہِ تار فِکرِہ۔"

"ژٕکس مُچھک، ژٕیہ تارَے فِکرِہ—!" ہاجرس گو اُمی سِندِہ

طرزِ کلامہٕ سیتۍ تیوٚنگُل ہیوٚ بُتھ۔

"تہٕ کیاہ گوٚ، ژٕہ کُس چھُکھ؟" عازِم تہٕ گرمیوٚ

"اَدہ کیاہ، بُہ خاہ مخاہ۔ بہٕ زان تہٕ نہٕ پہچان۔"

"زان پہچان چھیٚنہٕ تہٕ تمہٕ سیتۍ؟"

"ژیٚ کیاہ میٚنہٕ سیتۍ، ہوٚنہہ۔"

"چھُمی، اَدٕہ چھُما آسنے۔ ژٕہ چھُکھس توتہٕ۔"

"دفع گژھ یتہٕ۔ بہٕ دِمے ژیٚن وچھن تہٕ۔ خیر کیاہ لوٚز تھٕ ژیٚ!" عازِمس ژوٚد نہٕ پانس تام۔ تمۍ ژھُنٕ کھوورِہ اَتھہ اُمس ترٕھ تھَف زِہ ہاجرس بیٹھہِ ٹھوٗپ کرِتھ ترٛوٗٹ گاڈ بیٹھ۔ دٕچھِنہٕ اَتھہ گُڈنس کھوورِہ بُتھ لبِہ سہ چاپتھ زِہ ہاجرس بیوٚٹھ کنن تام زر۔ تام گوٚ عازِمس مِینہٕ غلطی ہُند احساس۔ تمۍ ہیوٚت پاٗز پانسے اَتھس ژوٗپ تہٕ ہُتِس گَیس گہٕ سٔران نیرِتھ۔ سُہ دٕرا دوٚ تہٕ پاٗٹھ واپس تہٕ گژھان گژھان ووٚنُن کلہ لوٚن ترآدِتھ زَنتہ پاٗنی پانس کُن۔۔۔

"اچھا بُہ یمہٕ نہٕ لوٚر دوبارہ کینہہ تہٕ۔"

ہاجرس پھوٚر نہٕ اوٚڈ لفظ تہٕ۔ صِرف گیہِ پیتہٕل ہِشی ژوٚدِتھ۔ برٛونٛزا گژِھت دورِ ڈالانس کُن۔ مگر عازم اوس وِیرہ وارس منز ژامُت ہاجرہ پھیر بیٹھہِ اندر واپس تہٕ ترٛوٗٹ گاڈ تھکِتھ دٕرایہِ ڈالانہٕ کینہٕ سہ

ترأوِتھ ژھٕنِنہٕ۔ یِہ اُمِس عازٕہنز پٮ۪ٹھ بخشاٸِش تٔمِس واپس ییتھٕس لاینہٕ
یِژھان۔ مگر ڈالانس تام واتنہٕ برٕونٹھی گیہٕ اُمِس کوٗٹھ رُوزِتھ تہٕ
جِسمُک انگ انگ گوس پٔنہٕ پٔنہٕ۔ یِہ بیٖٹھ ہیتھر تہٕ بکہٕ بکہٕ لٔجِ وَدنہٕ۔
”اُمی کیاہ کوٗرٕ یہِ۔ اُمی کِتھہ پاٹھی ہیوٗک یہِ کٔرِتھ۔۔“ یِہ رُوزیٚژ کال
شرٕوکان تہٕ سونچان۔ سونچان تہٕ شرٕوکان۔

شامس ژِیری یِلہٕ ساریٚ نوکھ شونٛگی یِہ اُمس ڈالانس پیٚٹھ موغل
سرس وُچھان۔ سرس منز اُس تارکن ہنز ہُٹلے پھوٗجمژٕ۔ وُنلِہ تہٕ گٔرٕ منز
اوس یہِ ہیتھ ونُک اکھ خیالی پرستان ہیوٗ ڈرِنٹھی یِوان۔ تِتھی کُنہٕ عجیب،
خاموش تہٕ پُرٕ اسرار۔ اُمی پُرٕ اسرار نظارن دِیُت گوڈنچہٕ لٹہٕ آہجرنس رُدِس
زوٗل۔ سبٹھاہ سرٕوان تام کٔرنس پِلن۔ یِہ لٔجِ سونچنہٕ۔۔ ”بہٕ گٔیس کُنہٕ
آسہا، یِہ ماکرِہ ہے یِژھ حرکت۔ پٔرہٕ ژھینٛس چھُ یی گژھان۔ کُن گو
ژٕرٕونگ۔ یِہ ندن آسہے نہٕ۔ بیاکھ کانہہ آسہے اُہنزِ جایہِ۔ ژوٗر، بلایہِ،
بیماری، موت۔۔ نہٕ نہٕ۔۔ یِہ گٔنز چھُنہٕ کینہہ تہٕ۔ کینٛہی نہٕ۔ بہٕ چھُس بلی
رُوٗشمژٕ خبر کتھہ۔ ظاہر لاگنس۔ لوٗن مَنِنہٕ نہٕ میہٕ۔ بہٕ چھُس بلی کھوژان۔
خبر کتھہ۔ ظاہر لبٕنس۔ مگر لٔبُن بُتھ کمیٚ ترٕوو۔ میہٕ یِژہ تی کرُن
یِہ ساری چھہ کرِن۔ یِہ ساری آیہٕ کرن۔ بہٕ گاٗژاہ داٸنسی چھُس تیزٕ۔ دلیٚ
کوٗرُم۔ میہٕ چھُہ وُنہٕ واریاہ کینٛہہ وُچھن۔ میہٕ چھُ کیاہ وُنہٕ وُچھمُت۔۔

شہر تہٕ نہٕ - اَما شہر چھُ کیٚتھ آسان؟ یِم شہرکۍ رٕچھ بدلی آیہِ کیٚتھہٕ کران۔
میٚہ تکِہ نا پہندی پاٹھۍ کیٚتھ کرہٕ؟ مگر کیازِ - بہٕ کیازِ ترادہ پننہِ گامہ
کیٚتھ - بوڈ بُڈِ یم وَنہَم تِہ چھک گاژھ - وُنی تن - میٚہ کیاہ چھُونہٕ تِمہ
سیٚتھ - یاگو چھس نہٕ - یہ کوسہ پامی چھہ - اکھ کُس عاٗبی چھُ!

---

صُبحس کوڈ امہِ ہیچ ھندقہٕ منزہ کھاندرُک شوخ پیرہ جوڑہ تہٕ ژھُننُن نالی - اُچھن لوگُن سورمہ تہٕ عازمنس نیس رُوز تیتھ کنہِ پیاران زِہ پر ییتھ گھر شُس اُس وَوت نہٕ ووت ونان - مگر دوہ لوٚسِتھ تہٕ ییلہِ نہٕ سُہ نوٚن درا، اُمس لگ واریاہ خطرات دوہ تھنہِ ـــــ "سُہ ماگو میانہٕ راتچہِ کیٚتھہ پیٹھ ناراض - بہٕ ترِ کرِتھ چھس - میٚہ پزہ ہے نہٕ تس وَنُن تِہ کُس چھک - مگر سُہ اوس کُس - میٚہ اُسہ دوہنی خبر تس چھُ میون پوٚت گومُت - مگر گژھِ ہیس کیازِ نہٕ - سُہ تہٕ میانی پاٹھۍ پرہ ژھینُن ـــ تس گژھِہ ہے نہٕ اَدہ کس گژھہ ہے - نبر دوہنی پیا سہ پوڑ - تمُہ ہے دوٚپ بہٕ پیمہ نہٕ دُبارہ پوڑ کینہہ تہٕ - یِم شہری تہٕ کاٗتیاسنگ دِل چھِہ آسن! اِنسان کیاہ نہٕ چھُ جہلس منز وُنُن - اَدہ چھاتی یاد تھاوُن - تنقی تھف کرن ـــ "

ہاجرس گیہِ پوٚرہ راسے زِہ عاظم ییہِ نہٕ دوہنی کینہہ تہٕ - بہٕ اُمس

امہ وِزِہ ڈالانس پیٹھ بہتھ تمۍ ہنزہ وتہٕ دُچھان۔ تہٕ ییتھۍ امہ ووتھن
ہیٚراو، اورہٕ دُچھِن عازِم یوان۔ یہٕ گیہٕ بیٚیہٕ اُتی نی بیٚتھرٕ بہتھ۔ اُمس
ہیوٚتُن وانجہٕ عجیب دُب دُب گژھن۔ یہِ اُس ووٚنی عازمس کُن
اُچھ تُلنہٕ مندچھان تہٕ اکھن تہٕ جِسمس اُسِس بہہٕ لوٚسِتھ ووتھان۔
عازِم کھوٚت نہٕ ہیوٚر کینہہ۔ سُہ رُود ڈالانہٕ سیٚوٚد بوٚنہٕ کنہٕ استادہٕ
ہاجرن وُچھ سُہ غمگین تہٕ بُتھِہ ووتھمُت۔ تسندی پھیکہ اوییزان گامتہٕ
تہٕ پان ڈیلیومُت۔ سہٕ لوٚگ ہاجرس کُن اُچھ تُلنہٕ ورٲی دِنہٕ——
"میٚہ ہیو دِزِہ راتکِس معافی۔ میٚہ پزِہ ہے ہہ تہٕ کرُن۔ میٚہ اوس
نہٕ تمیک کانہہ تہِ حق واتان۔"
تمیک کیاہ چھُ۔" ہاجرن کُڈ ہی لمۍ لمۍ یمِ کینہہ لفظ زیوِہ۔
"چھُسی۔ یہ گِتیک تام۔ تُہندِ سیتی نہٕ زان تہٕ نہٕ پہچان۔ یہ کُس
اوسُس تُہنزِ سیتی سُہ سلوٗک کرن وول۔ بہٕ چھُس بجدا سیٹھاہ
شرمندہ۔"
"یوٗر ٹھسکھ نا ہیوٚر۔" ہاجرن ووٚنس وُٹھ گمہٕ ناوِتھ۔ مگر عازِمن
وُچھ نہٕ یُرکینہہ تہٕ۔
"فرصت ناو چھم۔ نائب صاب آسِم ہپادی ژھادان۔ میٚہ دُوٚب
یکام صُبحے چھُم واپس شہر گژھن۔ تُہنزِ سیے گوڈہ معافی منگتھ۔"

"شہر کیاہ کرنہٕ چھے گژھن؟" ہاجرہ ہیٚژ نی پریشان ہش گژھنہٕ۔

"تبدیلی ہیٚوٚ سپدنم۔ یُس میانہٕ جایہ سوٗزکھ تس چھُم کالے چارج دیُن۔ میٚہ اُس نہٕ پَژھ یُوت جلد کیاہ کرنَم تبدیلی۔ مگر خُدایس کُن شُکرٕی زیادہ کال پیوم نہٕ پرارُن۔"

"تژہ نیٚرکھہٕ صُبحے شہر؟" ہاجرس گو دِل بہتھ ہیُوٚ۔

"اَہانو اَدہ کیاہ کرہ۔ تتہٕ آسہم موج پریشان۔ میٚہ تہٕ چھُنہٕ یتہٕ دِل لگان۔ صِرف چھُم تُسٕی کُن فِکر۔ اچھا، بہیو خدایس حوالہ۔ معافی دِزِہ۔" یہ وَنِتھ دژاو عازِم کلہٕ بون کُن ترأوی بتھی رلیسٹ ہاوسس کُن واپس۔

ہاجرس گیہٕ نہٕ بوزن نِنگلِتھ۔ صرف رُوز تَس مُدعیہ وُچھان، یوٚت تام سُہ وِیرہ وارس منز نظرو نِشہٕ ڈُدٕلُس۔ اُمِس آیہٕ اُچھن اندر وُنیہہ وُداسی، غم تہٕ نااُمیدی ژِستھ۔ برُونٹھ اگوس شہہ بند تہٕ تَوہ پَتہ پھوٚٹُس اوٚش۔ یہ رُوز ژیر تام سَرس تہٕ اَسمانس وُچھان یوٚت تام ژھبنہٕ گومُت اُخری کوتُر تہٕ وُبہان دُور شاپچہ وُنلہٕ اندر نظر کیتھہٕ شایہٕ نِیتس روت اُمِس کُن روانہ سَپُد تہٕ اُخری گاشہٕ زِژہ ژھبتہٕ گژھِت لوگ ہتہٕ یتہٕ تارکا آسمانس پھٹنہٕ تہٕ لوٗن نیرنہٕ۔

نومبر ۶۰ء آزر سی انو
شیرازہ

# نوٚوتاوٚن

(ستمبر ۱۹۵۶ء)

ییتھے چوٚکی دران پھاٹک کھوٗل، تِلہٕ سڑک لجُ رنگ برنگی پوٚون ہنزہ ژھایہٕ سیتۍ ژھٹہٕ مارنہٕ۔ اتھ سڑکِ چھُ دوٚہس منز دوٚہ پھیرِ لیٹہٕ نِنج بیدار گژھان۔ صُبحس ڈاہہِ بجہٕ، یلہِ کالج کھُلان چھُ تہٕ دِگرس ژوٗرِ بجہٕ یلہِ یہِ بند چھُ سپدان۔ دٕل گوٚ ہر گاہ امہِ ژھٔکی پاٹھۍ بیہہ وار آسہِ، تیلہِ چھُ ژہ ڈاے گھنٹہٕ اُسلی ییہن پھاٹک کھُلان۔ یوٚہے ڈوڑ نِنج ہیوٚ۔

کالجہٕ منزہ آسہٕ کوٗرِ نوٹ بُک تہٕ کِتابہٕ ہیٚتھ ہیٚتھ نیران۔ یِہندِ اسنہٕ چھُ گشہ تہٕ کتھِ باتھہٕ سیتۍ اوس فضہس منز زِنتہٕ جل ترنگ وزان۔ ڈُپہر ڈلیتھ تہٕ اوس امہِ وِزہ سڑک ہیوٚ سرود تہٕ سوکھ باسان۔ زبیدہ، فرشیتہ تہٕ آسرا امی امانہ گرِ کُن گژھان۔ یِمہ آسہ دوٚن وٚرک اکی عُمارز منز یران۔ یِہندہ ہم قد تہٕ ہم سینہ آسنہ کیٚنہ اوس گمانہ گژھان زِ یِمہ ما آسن اکی سی ماجہ ڈکرِ نہ امرُہ۔ یِہندس دلبس تاثیرس اوس

کمی کال گومت تہٕ اکھ ڈسلابہ تہٕ اوس شیلنہ طرفے سپدمت ۔

زُبیدس ہیکہِ ہے اکوے ناو اسِتھ ۔ اچھ دائر ۔ سُہ تہٕ ژٕ ونہ کنہٕ بلکہ پٔنژ پأنٹھ اُس سہ تہٕ ژھی ۔ ہر گاہ سو مُسلمان کوٗر آسنہ کنہٕ عربی نُبہ تہٕ آسہے نہٕ دِوان ، خود الیس مولوُم کأتیاہ بُلبُل آسہن عُزر وننس پیٹھ وأتی مِیتر ۔ یتہِ پأنٹھو شیلہ ہنو پیالی اُچھو سارِنی سی بازرس روت نندر اُس مُھہتھ نیمژ ۔

گرہ کُن یکان یکان وانژہ پیہٕ سینما ٹاکی " نِشہ امہٕ دوہہ اُس اتہٕ آوارہ فِلم لگ ہژ ۔ یمیک مٹنی نشو تیار اوس لگنس ۔ فِلمہِ ہِند پروپگنڈا اوس سارِنی سی شہرس منز تمہِ زورہ شورہ سان کرنہ آمت زہ پیہٕ یتھ گرس اندر اُس اچھی ذِکرا فِکرا لگ ہژ ۔ ٹاکی بروٗنہہ کنہِ اوس سُہ ژبلہ ژبل ، زنتہٕ بےکارن کارہ بارِچ برأژ آسہ بأگرنہ یوان ۔

تہیے یکھ اُسی تہٕ اژو ۔ " شیلن ہیوت زُبیدس اُسس آب اتھ ۔ " ڈپان ہے یژھ فلمی چھنہ وُنیک تام بنے ہژ ! "

" کیھے چھک ونان ۔ وُچھو ۔ " زبیدن دِتس برُقہٕ تلی جواب ۔ " سو کیاڈری اَنکھ ٹکٹ ۔ وُچھان چھک نا کیتھہ رش چھو ۔ "

" ژیرٕ ما ووٗنے تہٕ چکاوٗن ۔ اُسی اژو ٹکٹہِ ورأیی ۔ " شیلن ووٗنس وُٹھہ گرِ ناؤ ہتھ ۔ " روز ژہ یتینس ، میانہٕ ذِمہ گو انتظام کرُن ۔ "

" اہانی تہٕ کیتھہ کنہِ ؟ " زبیدن پوٗژھ کیتھہ واتُن ۔ " کِنہ اُشناو وُشناو چھے اتہٕ کانہہ ؟ "

"اُشنا ونتہ اَدہ وَنیہ یِتھَے۔ ژٕ روز یتُس بروبر۔ بہُیمےٚ بٔ نٔزِس منزٕ واپس۔" شیٖلہ دراٖیہ یہ وَنِتھ تیز تیز ٹاکی کُن تہٕ زبیدہ لٔج سوچنہٕ زِ اَندہ سَے کینہہ گوناہ تہِ کیاہ گو۔ ازچہ قودرتی بٔڈ وار۔ ہاف ڈے۔ فلم وُچھنس تہِ چھُ وار تہٕ شُلہٕ گرٕ واتو گرہ تہٕ واپس۔ زبیدہ اُس وُنیِ سوچان زِ شیٖلہ واُژس بیٚنہ بروٗنہہ کُن۔ امہ اُسی ژٕ "فری پاس" وصول کرُن میتھ تہٕ دوشوٗنے ژاٖیہ خوش فلم وُچھنہٕ۔

ژوٗرِ بجہ دراٖیہ یمہ شو مو کلیتھ سینما ہالہ نیبر۔ یہندس دماغس منز اُسی باقی ژوُکُن ہندی یا اکھ فلمہ ہندی مٔدٕری نغمہ روٗزیہ ہُری وایان۔ اُچھن اندر اُسکھ راج کپور نِ لیے پناہ ایکٹنگ ژھایہ گتھ کران۔ یمہ آسہ دوشوے دوشلے مژہ۔ شیٖلہ نٔز یا اُتھی تہٕ زبیدہ عربی بُرقس تل۔

"ڈوپمے ہے وُنی کیاہ کرو گرہٕ اَژِتھ۔" شیٖلہ دُژھ مشورہ یا اکھ زبیدس کُن۔ — "پکھ نہرو پارکہ تام پموٗ چکر دِتھ۔"

"ہیے ناے۔" زبیدہ گابریہ۔ "ژٕ ہنہٕ ہنزِ چھک آزاد۔ میوٗ مارن گرہ۔ ہمن کیاہ وَنہ کتہٕ اُسس۔"

"او، بڑہ مارنے۔" شیٖلن کوٗرُس خندہ۔ "تم چھی نا ژیٚہ دیتی سیتی دا چھہ۔"

"اَمانی تم وَننم ناتو ہے بٔڈ وارہ دوہ ہہ شُلی چھُٹی چھوٗہ گژھان وُنیک تام کتہ اُسکھ دربدر پھیران۔"

"یہ ڈوہ ژِہ بجہ پیٹھ ژوٗن تام ٹاکی دُچھنس جواب دیہ کھ۔ تہٕ وَنہ

هکھ اتھ اور تہٕ ۔ "شیٖلن دِتُس سوٚنچنس کیٚنٛژھ نوٚکتہٕ ۔ "اسہِ کوٚتاہ کالہٕ
لگہِ ۔ بوڈ بڈیم گھنٹہٕ۔"

زبیدِس تہٕ اوس نہٕ فلمہ گرہ اژنگ موڈ بھوومُت ۔ امہِ کینژ اُسی نہٕ
تس پانس تہٕ گرہ کُن کوٚنٹھی نیران ۔ البتہ یہ ہیٚکن اُس یِنہٕ زِہ تس اوس
نہٕ شیٖلنۍ پاٹھی سٕلہِ ژیرہ گرہ اژنگ کھُلہِ اِذن ۔ شیٖلہ اُس بٔڈ کوٗر ۔
بٔڈ کوٗرہِ چھہٕ امہِ رنگہ سماجی طور مُسلمانن سمبھٲلہ بروٚنہہ۔ اُمس تمام
دانٕس اُسی وُنہٕ زبیدِس واریاہ مٔنزِل طے کرٕنۍ ۔ امہِ کیتہِ ہنز گواہی
اوس اُہندہِ بتھیکُک عربی بُرقہ دِوان ۔ یُس اُمس تمہِ وِزہ ژٕرِتھ
تراونُک جیرہ اوس یوان یِیلہِ وُتہٕ پکہ دِنۍ شیٖلہ تِہن اُچھن پیٹھ
دُرہ اُسی لگان ۔ یتہٕ اُس جوان تہٕ یہ بتھ جوانہٕ سندی پاٹھی اوس
امس تہٕ پننہِ وجودُکہٕ اظہارُک ہاوس گژھان ۔ بُرقہ چھہٕ اُتھ اظہارس
ٹھوٗر ۔ یِیتھ ٹھوٗرزِہ اکس راٲنس تے پننٕ زنانہٕ بُرقہ دِتھ بروٚنٹھہٕ
کنِژ نیرہ، تہٕ ہیکہِ نہٕ تس پٔزٕ نادِتھ۔

ٹاکی بروٚنہہ کنہِ اُسی ٹانگہ یِوٚنہٕ ٹُس پیٹھ کھٹی ہتہٕ ۔ کینہہ اُسی سوارہٕ
بران تہٕ نیران ۔ کینہہ اُسی سوارہٕ انان تہٕ ٹھہران ۔ شیٖلن ہوو اکس
ٹانگس اَتھہٕ سیتی اشارہ ۔ یُس اوٚک پلہ سے ٹھہرِتھ زنتہ یمہِ نِ براران
اوس ۔ ٹانگہ اوس نہہرِ زمرود تہٕ گرٕ قزاک تیر ہیو ۔ ہرگاہ اُمس گرِس
چھانٹہ ہادسۓ یوت یییہ اَدہ چھا مجال تہٕ سپدِ ہے قوٗبو ۔

نہرِ دیارکس چھہٕ ڈالی جہ لچہ پیٹھ موغل باغن پتہٕ سالہ ہتین ہندہٕ

کھاُتہٕ اکھ نوٗ بلاے بنٕنے مُژ۔ یہِ چھ پانژہِ بجہِ پیٹھہٕ راُژ ہنزن دہن گھنٹن تام لگان۔ مگر امہِ وِزِہ اوس وٗنہِ پانژن تام اکھ گھنٹہٕ باقی۔ امہِ کنہِ اوس اتہِ کانہہ کانہہ اِنسان نظرِ گژھان۔ شیلہ تہٕ زبیدہ آیہٕ ٹانگس پیٹھہٕ مژس اندر فلمہِ متعلق پننہِ پننہِ راے ظاہر کران۔ یمہٕ آسہٕ دوٕ نوے اکۍ سے کتھ وَنان مگر ونَنگ انداز اوس دوشونی ہند الگ' یمہِ کنہِ باسان اوس زِ وارِیاہن چیزن پیٹھہٕ چھےٚ یمہِ پانہٕ واُنی یخلاف کران۔

نہرو پارک اوس وٗنہِ جبہِ بیہ جو داہ دوٗر۔ ڈل چہ ہوا رِ نگہ آسہٕ واہ کرِ ی کرِ ی دِلس شہلتھ پاوان۔ گرُ اوس پننِس مژس منز پکان تہٕ تلہ سٹرکِ پیٹھہٕ اوس اکہ ند بن بڑرن ہنزہ ٹھسرا یہِ ہسیتی سوٕ نطور ہیوٗ وزان۔ اُتھو اندر وِژ ٹانگہٕ واُلی ہنگہ تہٕ منگہ گرُس چھانٹج زیر۔ گرُہو کھینو یکبار تاو۔ اُمی دُنی دوٕ نوے کُن تہٕ کھونگمُن نبر گڈِتھ گو پادر سہٕ سندی پاٹھی نیرتھ۔ شیلن تہِ کھیوٗ تراس تہٕ زبیدنی اُس نہٕ کیتھی۔ تس گیہٕ برقہ اندری عرقہ ژھٹ نیرتھ۔ یوٗ کُرٕ اکہِ اکھ ٹانگس تہٕ بیٹہ اتھ پانہٕ واُنی کوم۔ ٹانگہ وول یوٗتاہ راسہِ پانس کُن کھیچان اوس، تیوٗتاہ اوس گرُ زیادٕ سے تیزان۔ زبیدس تہ جہ نہرو پارکہ سیوٗ دنٕبے وا یہ کرزیکہ جو داہ نیرتھ۔ مگر شیلن دِتُس سوال زِہ شونٹن تہِ چھُ مرنہٕ مرنٕے ہسیتی چھا دوٕ نی رُسوا تہِ گژھن۔ ٹانگہ وول اوسک گرِس قوبوٗ کران کران پننہِ کنہِ دِل تسلا دِوان زِہ

تہۆ مۄ گابرِو، یِہ ہَمہِ وُنی پانئے۔ یہِ تھَے غلطی رژھا گیم چھانٹہ ہیوو مُتس۔

اوبیرائے پیلیس ہوٹل، یُس سانِہ آزادی یعنے ازبرِو نہہ دہہ وُرِی یِتہِ کِس لابہ سُند شاہی محل اوس تہِ یتھ منز بوزنہٕ کنہ سہ ننگہ ناچُک لُطف اوس تلان، اوس یہے گز دۄہہ مرہ دُور زِہ خدا یہِ خدایہِ کران رُکیوو گرٕ۔ یمَو ژھنز یہِ دُپی زِہ تہِ ٹانگہ پیٹھہ یوٚن وونُد تہِ ڈٔل دٔہِس پیٹھہ ہیتہ لِجہِ وُسواسی شبہلاونہٕ۔ گرٕ اوس کھمان تہِ ٹانگہ وول اوشِس گردنہِ مٹھ مدارہ کرِتھ چھانٹہ ہاونس پیٹھ مافی منگان۔

دُورِہ آیِہ پارکہ ہندِہ طرفہ تیز رفتاری سان اکھ موٹر کار تہِ یمِن نِشہ وأتِھ دِژٕن تمہ پأٹھی کھرٹک کرِتھ بریک زِہ اوبرائے پیلیس ہوٹلس اندر آسہن پایِلن اندر چھچہ وزنہِ لگی ہتی۔ موٹرہ منزہ دۄاو ڈرایور تہِ پتھ برونہہ وُچھنہ رۄستے لوگ ٹانگہ وألِس لبکہ ژارنہٕ۔ اُمی سُند بُتھ اوس شرارتہِ سیتی وونزلیو مُت باسان۔

"آہانوٗ ژۄیہ ییلہِ گرٕہ منز خبر آسی، چھانٹہ کیازِہ ہوو تھس— ژۄیہ کریا یتھہ گِندان گِندان زہ خوٗن۔ اصلی ہا چھوہ تہۆ ٹانگہ وألی سوٗرہ منزہ اُڈہِ پیٹھ پاأدہ گامتی!"

"اُمی ہسہ ژھنیایہِ آسو صاف پأٹھی ماأرِتھ۔" شیلہ وُژھ ڈرایورس کُن۔ "تمہِ اوس ووہ نی سوٗرئے پھربک ترٛووُمُت۔" "پیٹھہ اوس۔

دنان تہٕ مہ گابرِو۔ وُچھتہ ووٕنۍ کوتاہ دُور واتہٕ ناوِین!"

"مینٕہ کتہِ بی لگِہ ہے خبر۔" ڈرایور لوٗگ شیلس بوزہ ناوِنہٕ۔ "کمیٚ تام دِژ پارکہِ منزہ کرٕکھ زِہ ہے ہُتھ ٹانگس گو گرٕنیرِتھ ئے کانژھا بچاٲوی تون۔" ڈرایورن بدلوو لہجہ — "ڈلِو بی کھٔسِو موٹرس بہٕ نِموٕوہ پارکہ تام واپس۔ مگر ئمِس نخرہ اُہرس ینہ ڈبل پونسہ ترِ دِیو۔"

زُبیدن کرِیاو موٹرس کھسنس ہِراسہٕ، مگر شیلن رٔنیہ یہِ ڈیٚکِ زہ ترِ زورِہ ٹھف ژٔھنِتھ تہٕ ڈوٗننس — "اتھ منز کیہہ گوناہ چھُہ۔ یہِ بچور تہِ سانی ہمدردی موکھ وناں۔"

ڈرایورن مُژرو وٕتھ مہِ سِیٹک دروازہ تہٕ یمہٕ بیٚچھہِ اندر۔ ٹانگہ وٲلی کرٕ نہٕ کرِایہ پونسن ہنز اُڈ کتھ تہٕ۔ چھراہ بیچس گونژِھ تُلی اُڈ ٲنٹھا کنن کنٕ یرٕ اژہ تہٕ امی حِسابہ ڈراس ہمن تِہ داش۔ مگر سیتی سیدُس ہُتھ سنجیدہ تہٕ اُچھن اندر آس اُوش ہیوٗ۔

موٹرِ سپیدِ ٹاٹ تہٕ نہرو پارکہِ کنٕ واپس موڑ ژٕھنہٕ بدلہِ گو ژتجِہ میل رفتارہ سان ہُتھِہ سیوٗ ڈے موغل باغن کنٕ نیرِتھ۔ زبیدس گوٚ یِم شہہ ہیتھ تہِ بڑٕ ونٹھِم برونٹھ۔ تمہِ ژٔھنی شیلہٕ نس اَتھس ٹھف مگر تتھ اندر نہٕ وُچھنی کانہہ خوژِ مرکتھ تہٕ نہٕ کانہہ حاٲلٲنی ہُند ٹھہراو۔ تمہِ تُل ہُتھِہ پیٹھہ برٕ قہ تھوٗد تہٕ شیلس کنٕ تراونی سوہ نظر زنتہ ڈوننس — "تھوٗ، یہِ کوٗدِتھ سور سے ژٕئی۔" شیلس نمے اُچھہ تہٕ ہُتھس گیٚس تمہٕ تاو۔

موٹر ژاو اَکِس کوچہ اندر تہٕ وُکیوو۔ ڈرایورن مُژٕر دوو درواز تہٕ وُٹھ گمُت ناو بتہٕ وَنُن تھِک۔ "تُہۍ مَہ سٔرو بُرٕو فکر۔ بٔہ واتہٕ ناوو رِنٹن منٛز بیٚیہٕ گرہ واپس۔"

اِنسان ییلہِ بےٚبس چھُ سپدان، سُہ چھُ اَدٕ دُشمنس نِشہٕ تہِ اَتھم رٹیکھ توقع کران۔ زبیدن تہِ کٔر کہِ تام عاجزی بٔہ تہٕ اندازہ شیلس پھیٹکس بھف تہٕ لمان لُسان ژایہِ کوچہ منٛز۔

ڈرایورن بیٚہہ ناوٕ یِمہٕ بیٹھکہِ اندر موفن پیٚمٹ تہٕ یانہٕ گو اَندرمِس اَکِس کمرس کُن تِیس بیٹھکہِ ہندِ دروازہ مُنٛزٕ صاف یاٹھو نظرٕ اوس یِوان۔ کوچہ ہندین کمرن ہنٛز حالت اَسِس ونان زِ اتہٕ کانہہ بسان کران چھُنہٕ۔ وۄں گو گمُت تام چھِہٕ وُٹی وُنی اتہٕ تلُف مُژٕ روومُت۔

زبیدن تُل بُرقہٕ تھود تہٕ لفرٕژ بُرژو چِشمو گنڈن شیلس کُن مُدٕے اَمِس ژٕج اُشہ دَدرایہِ نیرِتھ تہٕ وُٹھن ہیٹس کٔرہنٛز کال ہِش ام!

"یہِ کھندی کھاترٕ کوٗرُتھ۔ کینٛہہ نہٕ۔ یِتہٕ پٔہن ذاتی کھ۔ اصلی چھُک نہٕ زنانہٕ ذات۔" زبیدس اوس مُحرکہٕ وُنی یِتس بیمارٕ ہِندی یاٹھو زٕلِوہ لوکُر گوٚمُت تہٕ سر بہٕ تام اوُس خوشٕک سپدمُت۔

"زبیدہ، میٚہ دِزِہ معافی۔ بٔہ سپٕنس یہِ کرنس پیٚمٹ سیٹھاہ مجبوٗر۔ میٚہ چھُک پانس رَبتھ برو نہہ نیتھے ہیٚوٗ اکھ ژھل کوٗرمُت۔ اکھ رُدٕم ستر اَژ ہندلو کچارہ یانٛہ پیٚمٹ للہِ نوومُت خاب، بیٚنہ رُوزٕم

بیٚیہِ کانٛہہ ڈالی پیش کرٕنۍ باقی۔ سہٕ ڈالی اُنۍ کمہٕ تٕرٕ۔ مانٛز ہانٛسے ....

"شیلس آداوِش دَدرایہِ وُسِتھ تہٕ ہوٚٹ گو بوس تیوٗت نٕرہٕ اتھ اَدرٕ ہیٚچس نٕہ کنِتھ تہٕ پھُوٗرِتھ۔

نیٚبرِ کنِ گو پکنگُ ٹھس تہٕ ہوٚو وٕھترِ دِ چل چل اوٚش۔ اَدرٕ ژاو ڈرایوَر مِٹھایہِ پلیٹا ہیتھ تہٕ سُہ ٹھوٗدُن شیلس برٕ ونہٕ کنِہ۔ کلہٕ سیٖتھٕ ہوونس کیاہ تام اشارہ تہٕ دٕراو واپس۔ شیلن کوٚر زبیدس کلہٕ سیٖتھٕ اُندرِمس کمرس کُن گژھنُک اشارہ۔ سہٕ لیڈرٕ یِ تہٕ وُچھس ہیوٚتنس شیٚچھ واوگژھن۔ شیلس کُن یِیتھ تفرژ برژ نظر تراٖوِتھ ڈُژھدِیہِ ٹھوٚد تہٕ پھیٚڈِ میتیو کو ٹھُبو گیہِ اتھ کمرس کُن۔

اوٚڈ گھنٹہٕ زیادٕ سے پہن وقت گژھِت ژاو حاکم رٕوِیہِ تہٕ نواب خوٚیہِ اکھ گیٚٹاٗمی انسان بیٹھکِ اندر۔ اُمی تراٖو دروازہ اَزہ وُسنے شیلس کُن اکھ عجیب نظر تہٕ سیٖتی ژٕ دُس اسن کھنگالہٕ نیرِ تھٕ شیلہٕ گیہِ نٕہ تیوٗت اسُندیہِ اندازہ وُچھت ہے بُنگہ یوٗت زبیدٕن اطمینانٕ تُورٕت انہارٕ ڈلیٖتھ پیٚٹ لوسہ امیہِ ورٕنہٕ دروازس نیٚبرٕ کنِہ عربی بٕرقہِ کِہ ڈیچ ہٹن بند اٗس کران تہٕ شیلس اٗس گرہ نیرنُک اِشارہ دِوان۔

یمہٕ کمرٕ بٕیہِ موٹرس تہٕ درایہِ گرہ واپس۔ وتہِ کرُنہٕ یموٚ اکھ اکِس سیٖتی اَڈ کتھ تہِ۔ ظاہر اوس نہٕ دوٚن منز اکِس تہِ کتھ کرہ نُک ہمتھ سمان۔ گمرٕ یٚلہِ شہر داٖتھ یمہٕ موٹرٕ منزٕ وَژھ تہٕ ینٕ ہنٕ گھرہ کُن

لچہ نیرٕ، شیلن کوٚر کیاہ تام جوٗر ہتی ہیوٚ تہٕ ندامتہٕ سان وُڈھ زبیدس کُن — "میٚہ ہے دِزِہ مٲفی۔ ژٕ یٔہ ژھُٹ وونی میٚہ کھٕنٛدِہ کھٲترٕ پیو پہٕ کرُن۔ بہٕ اُسس اَتھ منز سبھڈاہ بےٚ بس تہٕ مجبوٗر۔"

"چاٲنی مجبوٗری چھ برحق۔" زبیدہ سپز سنجیدہ تہٕ وونُنس — "وَل گو ژٕ یٔہ ترِ اُمِس کانٛہہ نوٚ ڈٲلی گذاریتھ نہٕ۔ بہٕ چھس اُمی مارہ واتلن ژٕ یٔہ برِ وہ نہ نٕالہٕ لاجِنٕہ۔ میٚہ گیاو بھروٚٹ کٕنہٕ نوٚس تا ونُس الجِھس!"

---

# پینڈ پرن

(۱۹۵۴ء)

"بدماش، بے حیا۔ گرِہ ہے بیٚنہِ جورا چھے ترِ نی کرٕہو نرٕ ہے ٹھٹھہ" وحت گیہ ہا پرٕ ہِش شلہ گورنسِ نیچوِس اگادِہ۔ کیتھہ تام وُلٹہ وُریہ ٹھٹھس پیٹھ۔ یمن برو نہہ برو نہہ یم نہ ژور گرِسی یکان اُسی، تمِ پھیرِی واپس۔ رحتہِ کوٚر گوٚ مٹھ مدارہ تہ شلہ گورنسِ نیچوِس ژھنبکہ تھوکہ پونشہِ۔ خیر چھا اَسی اِسی پاُنزارہ ترِ ما والہِ ہنس، ہر گاہ نہ یمن دیوان صابس استقبال کرنچ لار آسہے۔

رحتہِ اوس کھاندرہ پتہ پیٚ گوڈنیک ٹھٹھہ۔ یہ اُس لو کچارہ پیٹھہ امہِ رنگہ گامی گامس منز بتھہ تکہ گنز راونہ لیان۔ اُمس ٹھٹھہ کرٕن گیاو نارہ کانگرِہ اَتھہ ژھنن۔ یہ اُس سیٹھاہ جان چھو ہٕ تہ تس اکھاہ اُمس وُچھان اوس، تس اُس لازمن وأنج دوہ ٹھ کڈان۔ مگر یمے کوشش اوس کران سے اوس پاُنزارہ کھیتھہ ناکام گژھان۔ پاُنزارہ کھینہ دأ لی اُسی یزگار سیدان تہ اُمس اُس گامہ زِٹھین تہ زِچھن اندر قدر ہران۔

دیوان صاٮب اوس امہِ دوہہ گوڈنچہِ لٹہِ اتھ گامس اندر پننس ٲلی میر اُنس نظر گذر دینہِ آمُت ۔ یہِ اوس اَکس تھدِس گُرِس پیٹھ سوار، یَس گردنہِ پیٹھہ ڈمچہ تام زِینہ سازس تل اکھ زَری ژادر آسس ترأونہ ۔ گُرِسی اُسی اُمس سلامہ کران ۔ رُمہ رِیشُن آے وندان تہ پزہ اپزہ بُتھِبن پیٹھ خوشی ہُند رنگ اَنیچ کوشش کران ۔ مُسلہ گورِیٖن نیچُو اوس نہ تیوُت دیوان صاٮبس سُنیومُت یُوت تَس رحتہ ہنز یہ بے یِزتی آمہ تیلکی پاٹھی اُس تیلان ۔ سُہ اوس رحتہ تُلی ٹارہ ژرژان تہ پأنی پانس سیتی سوںچان زہ آدہ سہ وُری چھُ ترےٚ ہتھ تہ شیٹھ دوہ ۔

دیوان صاٮب اوس اوبہ گوبہ سانی پربتھ کاشکارس سلامہ جواب دِوان ۔ یہِ اوس پربتھ مردس کیٛمہو زنانہِ پوٗرہ پاٹھی سام ہیوان ۔ کاشکار تہ اُسی اُمس کلہ پیٹھہ نلس تام جایزہ ہیوان تہ اُہندِہ خوےٚ خصلتک اندازہ کران ۔ رحمت تہ تسنز بُڈہ موج تہ آسہ پننہِ بینیٚچہ پرِ نہ ہنٛد اُہندِس بُتھِس پیٹھ فاصلہ ژھاران ۔ تمہِ آسہ یُرنِس منز ہتھ گنہ کھسان تہ ہتھ گنہ وسان ۔

دیوان صاٮب اوس نہ اوٚت تام زانہہ تہ پننین حکن پھیورمُت ۔ امیک وجہ اوس نہ یہِ زِ یم اُسی شہرس اندر بسان ۔ بلکہ یہ کام اوس اِہنٛدمول کران، یس بوٚڈ دیوان صاٮب اُسی دنان ۔ یہِ اوس پانہ نوکٹ دیوان صاٮب تہ کیتھہ تام کالجس منز تالیم ہیران ۔ وونی ییلہ اِہنٛد مول ہالہِ گِندان کِتھہ تام پاٹھی زنگہِ نشہ گو ۔ آمس لوگ نہ تالیم

ترأوِتھ، پنٕنین چکن وأتنس چارہ۔

(۲)

رحتہٕ اوس ییٚتم ہرٕدکھلس کرِتھ مول گذریومُت۔ پانسٕ زٕیٹھ بوے اوسُس مأیِس بر دنٕھٹی پنجابہٕ چہ میٚثرٕ بنزٕ گومُت، یوٚت سُہ باقی گریستین ہندی پأٹھی وَندہ کین پانٕژن رٕبتن مزوٗری محنت کرنہٕ اوس گژھان۔ رحمت تہ اُہنزٕ موج آس اُمی بناوتن ہیتھ پأدٕ مژٕ۔ یمن نہٕ اوس پنُن زمین تہ نہ زراعت۔ یم تہٕ آسی باقی گریستین ہندی پأٹھی دیوان صابنٕ کاشکار۔ پیٹھہٕ ہر گاہ باقی کاشکارن پان چھپنہ کھأترہ پننہٕ پیٚنچہٕ پرٕزنٕ آسہٕ، یمہٕ آسہٕ تیأری تہٕ وأنگجی!

رحتہٕ ہندی مألیِ ییتھے اُچھ وچہٕ، اُہنزٕ ماجہِ لجٕ پگہچ فکر۔ یمن سیٚیہِ سرن ہندہ اوذیچ سبیل آس اکٕمے۔ سہ گیہٕ چکدار سُند زمین اَدہ تتھ یتے بووان اوس تہ تتے۔ وونی ییٚلہِ نہ قودرتن لاگنے گرہ دُنی تھأوِک، یہٕ زمین کتھہ پأٹھی ہیکہ ہن یمہ ماجہِ کورہ سأمبتھ۔ یمہ زن یژھن تہٕ، چکدار ماہیکہِ پنُن یہٕ زمینہٕ ٹکرہ ہنگہ تہ منگہ بیوٗتھ تھأوِتھ۔ پیٹھہٕ ہر گاہ چکداران ہنٛیس کأنہِ کاشکارس یہند یہٕ زمین لاگنٕ دِیُت، یمن چھہٕ لامحالہ پیٚنچہٕ پرٕزنٕ نشہٕ تہٕ اَتھ چھلُن— چکدار مادیہ یمن مُفتس منز لسنٕ بسنٕ گژھ جایہ کھویہ۔ رحتہٕ تہٕ تسنزٕ ماجہ آسہٕ یمہ سارٕوی کتھہ برٕ ونٕھ کنہٕ۔ تہ تمن آسہ اکِ رنگہ بیاکھ رنگ گران۔ ییتھہ کنہٕ اوس تہند یہٕ زمین نبے بوٚن مگر تمن نشہٕ اوس

یہِ سونہٕ کانہٕ تہٕ تھوٗدٕے۔

رحتہٕ ہنٛزہ ماجہِ آو یہِ زمین تہ پَینڈ پرٕن بچاونُک اکُے طریقہ بوزنہٕ۔ شہ گو یہِ زِ تس پزِہ رحتہٕ گرہ پیٚھٹ انُن۔ اگرچہِ یہِ کرٕتھ تہٕ اُس پتو لاکن کتھ چکدارس پیٚھی واتان۔ تہٕ کیازِ تمُ اوس یہِ زمین اُہندِس خاوندس لاگنُ دیتمُت۔ تس پتہ گژھِ دونی اُہندِس نامترس لاگنُک اجازت دِیُن۔ رحتہٕ ہنٛز موج اُس اتھ پی سونچان زِ گوڈہ گژھ گرس اندر لاگنے کرہٕ وُن انسان آسُن۔ پتہ گو آدہ چک دارس پوٗز کسابہ ترا اُتھ اجازت ہیٚون۔ تمہ دِیت دچھُن کھوٗرٕ سیٹھاہ وۆن مگر قادر دولس ورائے آس نہٕ بیٚیہ کانہہ تہٕ دژنیٚٹھی۔ قادر دولہ اوس پننِس مالِس ژون نیچوٕین منٛز گینٛزنہ کٹھ۔ تس اُس اوٗت گرہ نامترُ پیٹھ خدائے یارہی سیدان۔ اکھا وُشس زمین لاگُن تران، بیٚیہِ اُسس رحتہٕ ہِش مس ہلہٕ زنانہ بنان۔

رحتہٕ بیٚلہِ بوٗز زِ تس چھ قادر دولس سیتی نیتھر کرُن، تس گو وٲنِجہ ژس۔ مگر وبتر اونس اُوشس نہ چارہ۔ تس ترا دس پانس ووہنی ئیتےُ حسرت زِ چک دار گوژھس مالی شند یہِ زمین خاوندس لاگُن تھاوُن۔ نتہ چھس زمینس سیتی پَینڈ پرٕن تہٕ تراونی۔ بوٗزِ چھ مرکی تہ زودِ اُدرُن!

گامس اندر یمُ یہِ کتھ بوٗز زِ رحتہٕ سیدہ قادر دولس سیتی نیتھر تمُ دژ کنہِ یِکھ زِ اتھ کتھِ آسیہ نگیھی ژھبن۔ سوہ کرِیا قادر دولس

ہوِس بے شورِس تہٕ ہیف چانِس سیتۍ بستی۔ لُوکھ گیاہ اَمِسی پتھی، اَنہزٕ
ماجہ تہٕ اَمِس نال زٕہ یہٕ رانٹھ گژھن دوسہٕ کھسہٕ نی۔ مگر رحتہٕ ییٚلہٕ
زبر پاٹھۍ خاوندس ماَل بوٚر ساری گیہٕ حاَرانہٕ۔ رحتہٕ ہنزٕ ماجہ پیوٚر
شُکرانہٕ زٕہ کوریہ تھاَوِم للج۔ نتہٕ اَسہِ عمرٕ ہنزٕ یہٕ پٮ۪نڈ پٮ۪رن
تراوٕنۍ۔

(۳)

گامس اندر واتنہٕ پتہٕ دہہ[10] بہر[12] دوہی ہیوٚت دیوان صاَبن
کاشتہٕ بدلی ہُند تلاش تُکُن۔ یہٕ زٕن ہرکانہٕ حقدار دُہری دوہہٕ
دُہری کراں چھہٕ روزان۔ امہٕ سیتۍ چھُنہٕ کاشتکارس کُنہٕ زمینہ ٹُکرس
مُستقل کاشت گژھان۔ مُستقل کاشتہٕ سیتۍ چھہٕ کاشتکار زمینک
نصف مالک بنان۔ بیٚیہٕ چھہٕ کاشتہ بدلی سیتۍ حقدارس اَکِس
زمین نِتھ بیٚیِس دِنس منز رِشوت رٹنک تہٕ موقہ میلان۔ ییٚلہٕ حقدار
سندو معتبرن امہٕ کاشتہ بدلی ہُند اطلاع گرٮ۪ستین دیُت، گامی
گامس سپز دُہ ژھبوے۔ ساری لُوکھ، زنانہٕ کیہو مرد، گیہٕ
معتبر سندِس مکانس بر ونٹھہٕ کنہٕ ویرہ وارس منز جمع۔ پربتھ کانٹسہٕ
ہُندِس بُتھِس اَسی دُمیدکر تہٕ خوفکو جذبات یکجا وقتلِتھ ژھایہٕ
گیتۍ کران۔ شلہ گوریٚن نیچو تمام ادس مالِس سیتۍ اَکِس ویرہ تل
کوکر پوترِس سُمب موژیومُت۔ حالانکہ تس اَسہِ نہٕ فلک تہٕ فکرہٕ
کھان۔

دیوان صاب اوس معتبر سِندِس مکانس منز دارِ پیٹھ کِس ساممِہ سان بیٹھِتھ۔ کاغذ، قلم اوسُس برونٹھ کنہِ۔ یمہِ سیٹھا سۄ یہندِس نصیبس ادلہ بدل اوس کران۔ بتھہِ سیٹھ دیہِ پیٹھ آسِس "لکشمی دیوی" ہِنز رنگ دار تصویر جافری مالہِ ترٲوِتھ اوْیزان۔ دارِ بونہ کنہِ وِیرِ وارس منز اوس معتبر دیوان صابنہِ دبارہ ترنم آواز گریستین تام زورِ زورہ واتہ ناوان۔ یہِ معتبر اوس جاگیرِ وک فصل، اَدہ سۄ یہِ کینژھاہ آسہِ ہیے، چکدارس تام واتہ ناوان۔

گریستیو ہیوت نوِہ کاشتہ بدلی ہُند فاصلہ بوزُن۔ اکھ وو شلیوو تہ بیاکھ زردلو۔ عمہ بیارِین ترشُلہ گورِین زمین اوس ساری سی گامس منز سر مانہ یوان۔ سۄ تور قادر دولس تہ موہمہ پنڈرس۔ یہند وسی زمین تورِ ہیمن دوان لاگُن۔ عمہ بیارِس ترشُلہ گورِس پھیور یہِ بوزِتھ موتُن۔ مگر زیوِہ پیٹھ ہیو کُھنہ اُنتھہ۔ شُلہ گورِ نِس نیچوِس دوژھایہ پیٹھ گیہ، مگر مالی دِتُس نہ اَس مژِرا وِنہِ— تمیُ وونُس زِ اکھا نو زمین چھہِ چکدارہ سُند۔ یُس خوش گژھیس تس دِیہِ لاگُن۔ اتھ منز کیاہ کرِہ سون جہل۔ دوئی نہ ونہو کینہہ سۄ گوامہِ وسِتھ زمینہِ نِشہ تہِ اتھہ چھلُن۔ بلکہ پننہِ پینچہِ پرُنز تہ نار دِیُن۔ تہِ کیازِ دیوان صابس چھُہ مہراج صابس تام رسایی تہ رسوخ آسنہ ژھنجِ کِس ہیکِہ وو تلِتھ!

مردن مستی مہستی آسہ زنانہ تہِ پانہ واٲنی سُسرہ گُسرہ کران۔

یہنز دور آسں دسگیرس رح تام، یُس زن یمہ اتھ کاشتہ بدلی پیٹھ اندری
منگہ منگ آسہ کران ۔ عمہ بیارِ نوِش تہ سُلہ گودِ نی زنانہ آسہ پننِ
مایہ دار زمین اتھہ منزہ نیرِنس پیٹھ اتھہ موُران ۔ یمن اوس دیوان صابُن
مولُ یاد پیومُت، یُس تہنزن نظرن منز اُسس مقابلہ انسان ادس ۔
یمہ آسہ دسگیرس رح منگان زِ یہِ گوژھہ اَڈہ ژوٹ گژھن تہ اسُند
آسے گوژھہ بیٚنِہ اسندِس مالِس ہیرَن ۔ یمہ آسہ رٚحتہ تہ موہمہ پڈرِ نِہ
بیٚنِہ نحطچہ کنُ نِس لدِہ لدِہ وُچھان ۔ رٚحتہِ ہنز موج اُسس نہ خدایس
شُکرانس پوشان ۔ تس اُسں نہ پَژھہ پیان زِ دیوان صابس آوا
پُزِ ہی یا اُٹھی تسندِہ زارہ پارِک یُوت عار زِ نہ صرف کھوُن تسندِس
زامترِس زمین لاگُن بلکہ دِتِنس گامُک بہترین مایہ دار زمین لاگُن ۔
عمہ بیور تہ سُلہ گودُ اُسی معتبرس کُن اُچھو ستی سوال دِوان ۔ مگر سُہ
اوسکھ توِرہ پننہِ لاچارِی ہُندِی اشارہ دوان ۔ قادر دولہ تہ موہمہ پڈرِ
اُسی نہ کُنہِ روزان ۔ تِم اُسی پننہِ پننہِ شایہ سونچان زِ عمہ بیارِی تہ
سُلہ گودِی اوس نوشہِ تہ زنانہِ ہنزہ پوشہِ پیٹھ یہ اُرنس دیوان صابس
نِشہِ یہ اصل زمین زوٗمُت ۔ مگر اُخر چھیہ خدا سے وُچھان ۔ سُہ ہینمی
گو زنگِہ نِشہ تِریِم واُتی بیٚنِہ بے بوٚن زمین لاگنس پیٹھ ۔

کاشتہ بدلی ہُند فاصلہ موکلیو ۔ سارِی گرِسی دراِیہ ویرِہ
وارِہ منزہ گام کُن ۔ یم اُسی اتھ سارِی دِسی ادلا بدلی پیٹھ تبصرہ کران
کینٛہہ اُسی دِیان زِ عمہ بیور تہ سُلہ گوُر چھیہ جفاکش ۔ گرن منز

ژھٕکھ ژور ژور زُنی لاگنۍ کرٕ وِنی موجوُد۔ یہِ چھیتہٕ پھیوٗر قادر ددلر یامولہ پڈر کیاہ ہیکہِ اتھ زمینس وٲتِتھ۔ یہِ گو فصلہٕ وول زمین لاگنۍ داِڈہ تباہ کرِہ ناوُن۔ توٚہ ہیتہٕ چھُنہٕ فکرہ ترٲن زِہ یہِ زمین کِتھ کنہِ توڑ بمِن۔ دیہہِ حکدارس ما آسہ کینہہ پلہ نودمُت، تہِ ژھٕکھ نہ شب درشاندتہِ کُنہِ۔ مسلہ گورِیُن نیچوٗ اوس اتھ کِتھہِ پٮ۪ٹھ اُکی سی اُکی سی وناں زِہ ہیو امِیک وجہ کیاہ با چھوٚہ رحمت تہٕ خطیج۔ مگر کانہہ اکھاہ اوسُس نہ پرٛژھہ کران۔ تِم آسِس تورہ ونان زِہ مولہ پڈر نہ بٮ۪نہٕ خطیجہ ہُند وہو زِہ کِتھ ما آسہِ، مگر رحمتہٕ ہُند چھُنہٕ سوالی پاَدہ سپدان۔ یاگو آسِہ چھینہٕ لوکچارہ پٮ۪ٹھہ از تام اُہنز خبر!

(۴)

دلوان صاحب اوس ٲلی سندی پٲٹھی رٮ۪تہ پتھٕ اور لوان تہِ کینژن دوہن اتہِ رُوزِتھ بیٚیہٕ واپس شہر گژھان۔ وقت گو گذران۔ ہر دۆگ دوہ واٲتی۔ تِم ترِ موکلیٚی۔ وندہ ژاو تہِ اُکھی سیتی آو کشیرِ پٮ۪ٹھ قبالی خشاٮ۪ہٕ یتیک سوری نظام بدلیو۔ انسان بدلیٚو۔ اِنسانن ہندی ذہن بدلیٚی۔ بدلی جوش تہٕ بدلی نظر، ہیٚژن پاَدہ سپدنی۔

دلوان صاحب ہیٚوک نہ دوٚن ورِین اور کینہہ تہِ ییتھ۔ تہٕ کیاہ زِہ تہُند گٲٹ اوس زِہ ییٚلہِ اِنسانو ژو پارِہ مُتو آب آسِہ چیومُت، بڈٕ دانٲیی چھِہ یرِہ نیبر نہ قدم کڈُن۔ دوٚن ورِین ہُندِس اتھ دورانس اندر آو حکدارن ہُند زمین کاشتکارن اندر تقسیم کرنہٕ۔ اگرچہ تِمن

تہٕ آو کم قلیل زمین گذارہ کھاترٕہ تھاونہٕ، یُس تمو پننہٕ مرضی موجوٗب ہر کُنہٕ جایہِ پانسے رٔوٗٹ۔ دیوآن صابس اوس باقی جکیدارن ہُندی پاٹھو اصل ترمایہٕ دار زمین رٔٹِتھ پننہٕ گذارُک حصہٕ پُورہ کوٚرمُت۔ اَدہ کِنہٕ اوس قاعدہ دوکہٕ ترموہ پدٕر دِنہٕ تہِ اُہندی کاشکار روزان۔ اگرچہ وونی اوس تِمن صرف ژُدریُم حصہ فصل اُمِس کُن ادا کرُن۔ بیٚیہِ اوسُک نہٕ قونونہٕ موجوٗب یہِ پھیربٹ رُودمُت زِہ دیوآن صاب کیاہ ہیٚکہِ بیہ اُنی پاٹھو کاشتہ بدلی کرِتھ، تہُند زمین بیٚیِہ کانسہِ لاگُن دِتھ۔

ہر دِکہٕ دوہ بیتھےٚ وٲتِ، دیوآن صاب پنُن دوٚن گرن نِشہٕ فصلُک پنُن حصہ وصول کرنہٕ خاطرٕہ گامس اندر وٲتِتھ۔ اُمِس نہٕ اوس وونی کانہہ سلامی کران تہٕ نہٕ اوسُس رُمہ رٔیشُن آیی وندان۔ یہِ اوس خجِل زد ہیُو پانی پانس سیتہٕ مَنزٕ چہ مَنزِ چہ قدم تُلان۔ راتھ تام یُس زمین اُہندین ستن پیرِ بن ہُند اوس، تتھ کُن اوس نہٕ اُمِس وونی وُچھنک تہِ ختیار رُودمُت۔ اُمِس اُسی داٗنجہ شلاخ گژھان تہٕ جِگرس کباب سپدان۔

رحت اُسِ خاوندس کیٚتھ بتہٕ اَنِہ گرِہ کُن گژھان نِہٕ تس گو دیوآن صاب نظرِ۔ یُس موہہ پدٕرنِس کھلس کُن اوس پکان۔ دیوآن صائبس تہِ پیٚیہٕ اُمِس کُن نظر۔ رحتہ اوس برٕونٹھمِہ کھوتہ تہِ زیادٕے شانہٕ پنہ کوٚڈمُت۔ تمہ گنڈٕ رٔژھِ اُکس اُمِس کُن دوٗرِ مدٕےٚ۔

توہ پتہ ژِ کنے ٚیس یہٕ تہٕ کُنی دور نیتھ ژٕج گرہ کُن خاوندس کیتھ بتہٕ انہٕ۔
رٕحتہٕ اوس صبحہ پیٹھے دادِہ سیتی کلہٕ پھٹان۔ مگر دونٕی زٕن نیوکھ
یہٕ ٹسں فیشن دِتھ۔ تمہٕ دِتی نالکھ تل بٔرت پلو وِنجہ کُن دارِتھ تہٕ پھیچہ
اکہٕ منزہ کڈِنی مھرِ ژٕہ پانگی نوٕی پلو۔ یم ژھینہ دوشلی دوشلی نالی۔ مس
تھووُن بانبرِ سانِی شیرِتھ تہٕ ژلہ لارِہ درایہٕ خاوندس کیتھ بتہٕ ہیتھ
کھلتس کُن۔ یہٕ اُس تیز تیز پکان۔ گہے دوشلان تہٕ گہے لبدران۔ اُمِس
اُسی اکہٕ اکہٕ تمہٕ دوہہ اُچھن تل یوان، یم امہٕ ٹینڈ ٹُمن بچاونہٕ کھاترہ
دیوان صابس سیتی فنا اُسی کرِ ٚمتی۔ اُمِس پیو سُہ دُکھ تہٕ یاد میٚلہ
یہٕ اکہٕ دوہہ ڈیہرس باگی دیوان صابس نشہٕ ژایہٕ تہٕ تیتہٕ وُچھن خطیج
مس شیران تہٕ کلہ دٕرج گنڈان۔ اُمِس ییٚلہٕ خطیجہ کُن تہٕ تس اُمِس کُن
نظر پیٚیہٕ، یمن آیہٕ دونٕی رٔب زان متھنہٕ۔ دیوان صابس ژول یہٕ
ڈلیشِتھ ٹھٹھہ کرِتھ اسُن نیرِتھ۔ تمہٕ کرٕ اُمِس نرِہ تھف تہٕ وُونس
"تھہٕ کیانزِہ مند چھییہٕ وہ اکھ اکس وُچھتھ۔ میٚہ بنایوہ تھہٕ پانہٕ
وانٕی وبسہٕ۔"

یمہٕ نی کتھن سنے مژ وازرحت کھلس منز۔ مگر دیوان صاب گوس
نہٕ کنہٕ تہٕ نظرِہ۔ امہٕ کوڈ ڈاکرِہ منزہ بتہٕ بانہٕ تہٕ تھوون قادر دولس
برونٹھہ کنہٕ۔ قادر دولہ گو حٲرانہٕ زِ امہٕ کتھ پیٹھ چھہٕ آدیکھ پل
بوٗزِت پھیرن کڈِتھ پانس یہٕ کھاسہٕ کوٗرمت۔ تمہٕ کوٗرس ناستہٕ مکرپو
دندو اسان اران ٹھٹھہٕ۔

"ژریٚ کتھ پیٹھ انہٕ ڈایہِ وُہرِ مہرہٕ پان یاد پیوٚمُت۔ بہٕ آسس وُبڈان مگر ژٕہ چھکھ تژٕ مِتی۔"

رحت وۄنہ شلۓ یِہ تہٕ بازٕ منزٕ ہیتہٕ لوکھ ترٕ لِتھ دِژنس یکدم اُسس بُرت۔

"چھکھ نا بُڈیومُت۔ تُل کھیٚنہٕ ہیتہٕ۔ بوٕ چھس چھُے لُچ مژ۔"

رحتہٕ ہنز موج اُس داہ سس ہیرِمن مازان۔ تمہِ وُچھ یِہ قادر دوٚدھس بتہ لوکھ آیہٕ ان۔ تمہِ ڈٲج نظر۔ قادر دولن ہیٚژاو بیٚنہِ ترٕ کیاہ تام ونُن زِ رحت گیہِ پھُوٚد وُتھِ تہ ژرج کعہٕ منزٕ نیبر۔ یِہ اُس دیوان صابس کھلہ نیٚبرٕ سمکھُن یژھان۔ اُمس آسہ پنٕنہِ پانہٕ پیٹھہ نارہ برٕہہ وۄتھان۔ دِہِچ دُبرہ دارٕ اُسس رژھِہ کھوتہ رژِھ تیزان۔ یِہ اُس کھلس اُکُن پھیٚنہ واٚژ مژ زِ دیوان صاب پیٚوس بُتھِہ۔ دیوان صابن میٚلہِ اٲچ ٹل بترٕ ژٕہ رحت تژھی مہرِ دِ ہیش یانس برٕونٹھہ کنہِ استادہ وُچھ۔ یژھ ڈایے وٲری برٕونٹھ تس نِشہ واٚژمژ اُس۔ سہٕ وۄتھس مذاقہِ پائے تھٲو—

"میاٚنی راجہ دِنی چھا وارے؟ گواڑہ چھُے ژریٚ میون سرٕہہ وُنہ ترٕ باقی۔"

"بدماش، بے حیا۔ گرہِ چھکھ ناموج بیٚنہِ، تسُی کرِدیٚ زیہے ٹھٹھ۔" رحت گیئس ہاپرٕہ ہِندی پاٹھی اگادہ۔ دیوان صابس باسیوو زمین پھٹان تہٕ پانس نبنگلان تہٕ رحتہٕ ہنزِ موج اُس اُہندی ییم مہرِ دِ پکو لاگنس پیٹھ کھلس اندر سوچان زِہ تمہِ دوٚہہ سنے قادر دوس ہیتی نیتھر کرِتھ کُورلاچ پھادِہم، یِہ بیند ٹُوپرن کتہٕ آسہِ ہم زیچھے مژا!

---

# عشقہ پھیار

(مارچ ۱۹۵۸ء)

عشقہ پھیار بیلہ محلکہ کوچہ ووچھ ڈیچھنہ درایہ' زنانہ لچہ دارہ بڑی اکھ اکس کن لو ترہ سہ تر یڑ ژھینہ —— "یہ کوسے؟"

"خبر ہیے۔ یہ تہ آسہ تی سونچان۔"

"یہ گامہ ارچا کی آسابی ییتھ محلس باقی۔"

عشقہ پھیار آس ہندوارہ طرفہ کہ تام گاچھ۔ کہ گاچھ اس' تہ اوس نہ تمہ کانسہ تہ بومت۔ نہ اوس تہ کانسہ محلہ واجنہ تس نشہ کڈتھ ہیو کمت۔ حالانکہ زنانو آسہ کتھہ منزی واریاہ کینہہ زالہ دتی ہتہ۔ امس متعلق آس یمن پڑی خبر زہ اکہ دوہ صبحے وچھو تمو اکھ اڈور گامہ زنانہ تہ اکھ نوجوان محلس منز پادہ گامتہ۔ تہ یم دو نوے رمضن پاگارنس حجرس منز اژان نیران۔

رمضن پاگار اوس بہ مالنہ کدلہ اپارہ' خدایس گنڈے' اکس پیچہ حجرس اندر روزان۔ واریاہ زنانہ تہ مرد چھہ ییتھ دنیاہس اندر نیتھرہ دادہ

ڈوزتھ گژھان۔ یتہٕ اوس تمِن منزٕ اَکھ۔ اُمِس تہٕ اوس نہٕ کُنہِ جوٗر یوٗمت۔
یہِ اوس راتھ دہہ ٹھُلِ سوتھ مُنچھے کلس پیٹھ تلان تہٕ "چھولے' ترٛٹہ ہا ہو"
ہکھ دی دی پٹھِن تام نیصفہِ شہرس ژھٹ کڈان۔ راتھ دہہ سرد گرٕ
مو لرہ ہیبنہٕ کھاتہٕ اوس یہِ منزِ ادرہ یور گام کُن گژھان۔ مگر اُزی چھہ
لڈ ہیٹلہٕ یہِ گام آو' یہِ عشقہٕ پہیادٕ تہٕ واٗجنہٕ تورٕ سے نیتھر کرِتھ عشقہٕ
پہیاڈی اُژنہٕ بلکہ اُمِس سیتی وارہ کارہ وۄتمُت ہیمہٕ نوجوان نیچوٗ تہٕ۔
اُمِس تہٕ اسندٕ نیچوِس متعلق آسہٕ زنانہٕ اَتی پانہٕ واُنی اَمچھ غائبھ
کران ——

"دپان ہنے پوچھے اُمِس برٛونٹھس رٔنزِ شدہ۔ سُہ گٔمُت مٔو دمُت'
"اوہ مو دمت گٔمس۔ یہِ ہنے پچھ تہٕ موگجار دِتھ کڈتھ ژٕمنزٕ"
"خبر سُہ کیاہ اوسُس کران۔"
"کیاہ ہنے اوسُس کران۔ گرِ پیتِل۔ سُہ تہٕ لگہ ہُند سے نیین لاگُن۔"

رمِعن یا کاری بُرود عشقہٕ پہیادہٕ شہرِ اندر رتن تارن زندہ۔ توہ
پتہٕ گو اکہِ دوہ، وتھان ژ چھانی مرِتھ۔ شرنگن وقتہ ژیری پہٕن گوز نس
بیڈ دود تہٕ راتس خیرنگ برٛنگ دٕنتھ شہلیور صبح سگمہالہ ہیو لنہ
برٛونٹھی پہین۔ دود کیاہ اوسُس، تہٕ ہیٹوک نہٕ کانسہِ تہٕ ونِتھ۔ اگو چھہ
کینژھہ آسہ ونان نہٕ کوٗرِ چہِ وٹھ ہیُس اوسمُت تہٕ کینژھہ آسی ونان نہٕ
یہٕ اندرم آسہ ہیس۔ جمال چھاپہ تہٕ اوس یہٕ اندرم وابن ہنزی رایہ۔
تہٕ پوژ چھڈی نٕرہ تس پیور۔ تمہ دۄن تہٕ عشقہ پہیادہٕ زِہ اصلی

ذرا کیٛھ گامہٕ ارچاکی۔ اَمِس پیٚٹھہِ پوٚت دود اوٚسُن کوٚرمُت ژریٚہ پیٚٹھہ ہی ہمسایہٕ گری منز اوٚرہ یور آکو پلو کرٕن۔ مگر عشہٕ بپیارہ وونُس:

"میٚہ جوٗ ڈوٗپ نیٚنہٕ آبہٕ تیٚتہٕ آبہٕ گژھہ بس سہوٗ لبھہ۔ اوٚرہ یور گژھہ پیٚٹھ کرہ باد تھ۔"

رٚمضٲ یا کارِ یُن یہ پیوٚ نہٕ گوٗ مرُن باسیوو محلہ والیٚن ہُہے بیٚکس مرُن ہیُو۔ تمہ اُسی سونچان زِ ہرگاہ وقتس پیٚٹھ حکیمہ علاج واتہٕ ہس خبر چھا وُنہِ ما آسہن ہنس رِزقہ دانہٕ باقی۔ چنانچہ محلہ سرٛدٕ بن تَلکس پیٚٹھ لیچہ زنانہٕ تہٕ اتھ پھیرُ دِنہٕ ——

"کوٗلل وُنہِ ما کڈِہ ہے کانہہ دوہ۔ اَدہ خبر کتہٕ اُنزِ پانس شوٗٹھس کرِتھ یہ ڈاکن تلِتھ۔ چانٹھ تہٕ کوٚڈنس نہٕ۔"

"نا ہے تہٕ اَمِس کیتھ اوس سہ خام طمع گوٚمُت۔ نہٕ اَمِس شکل تہٕ نہٕ شوٗب۔"

"میٚہ کیاہ بیٚ چھیٚوہ باسان۔ تمہ آسہے یہ اَمِس ہنزہ سنِدہ باپتھ کرُمرژ۔ سوٗچمُت زِہ یگاہ کرہ خدمت۔"

"بٹہٕ مٲلی صابنز وِنہی کیاہ بیٚ وونتھ پوٚز۔ نتہٕ اَمِس رنزِ سہ پیٚتھ تہٕ مرہ ہے نہٕ۔"

عشہٕ بپیاہ اَمِس نہٕ رنزِ نُس کینہہ تہٕ۔ وَلِ گوٚ مشتیلو موہ میرہٕ تہٕ گنشامی بُچھہٕ اَمِس۔ بیٚنہ اوٚسُس ہیرِیم ڈنڈ اتھ ہوٗل تہٕ نیبر ہیٚن ذرا مُت۔ یمہ کینہٕ ہیرِیم ڈُنڈ نستہٕ چیٚتی ہیوٗ اوٚسُس لوٗگمُت۔ اَمِس اوس گاہ چھ

آسہٕ کِنٛہ دِندن ناس ترا ونگ عادت تہٕ یِم اَنِس سبٹھاہ پلید گٲمتۍ۔
پینٹھہ اوس اُسُند یہ بہتھ کانہہ چیز، وِینٛٹھ پۄٹھ، عجیب تہٕ اَسہٕ وُنۍ لگان۔
اَدہ سہٕ اُسُند کلہ دار بُرژنہٕ لٲگِتھ لٲگِ گُرسیٖو کساب اوس یا گاسہٕ پاٹھو
موچہِ دِرُوچہِ کیتھہٕ۔

رِتہِ پٲنٛٹھ گارِ ہ اوسانیتھرہ وساٲے بینہٕ کُنہٕ مطلبہ اَمِس سیتۍ نِکاح
کورمُت، تہٕ زنانہٕ خدا۔ مگر عشہ پھیاگرہ اوس پانس متعلق کُس تام زنانہٕ
نِشہ نیرِتھ ژٕولمُت زِہ تمہٕ اوس محض اَمی سیٖ اینچوٕ سندہ موکھہ یہ نیتھر
کورمُت۔ سو اَمِس یڑھان زِہ یہ گوژھم کُنہٕ بیرہٕ بچہٕ لگُن۔ بینہٕ گوژھم
اَمِس کانِسہ ہُنْد اَتھہٕ بیٹھہٕ روزُن۔ یس زنانہٕ نِشہ یہ کتھ باوژ اَسُن
سو اَمِس ساوژ۔ تہٕ کیازِ اُسُند نیچوٕ کینہہ نابالغ اوس یُنہٕ زِہ اَمِس
اوس اَتھہٕ لایِہ ہُنْد ضرورت۔ یہ اوس زیادہ نَے توتہٕ دُہہ ۲۰ وُہر چِیہ ہٕٹ
جوان۔

تہٕمن پٲرگارِ ہرنہٕ پتہٕ اَمِس محلکِس مجلِس ساے زِہ یہ دوہتِہ تہٕ ژِلہٕ
تورٕ گام وٲپس۔ تہٕ کیازِ شہرس منز چھِہ تہٕ لِشہ دامہ باپتھ تہٕ کھو ت وٕٹ
کھوڈکھنُن پیوان۔ لسنہٕ لبنہ کھاتہٕ چھِنہٕ ہارن ٹینکِن ہنز گنٛینٛدی۔
مگر یہ دِراے امر رنگہ بڈہٕ شٹھہٕ۔ امہٕ ہیٚز محنت مزدوری کرِتھ دِین
گُزاری کرِنہٕ۔ یہ اَسِس صُبحے نیندرِ وۄتھان تہٕ تِلہ سڑکِہ پھیرہِ پھیرِ
ٹانگہ گُرِہٕ لبد جمع کران۔ سو آنگنس اندر ہو کھہ ناو ان تہٕ زِنی دِژو جرِہ
زالان۔ ادرہ موکلِتھ اَمس چایہ دامہ کاران۔ نیچوِس چاوان تہٕ پانہ

تہِ چھوان - امہِ پتہٕ اُس لوٗکہٕ ہنزٕ نوٕ پراٹہٕ رعنایہٕ وِضنایہِ آنگنس منز وَگوٗہٕ رادس پلیٹھ ترأوِتھ ترٛوٕ پہٕ کڈان - یہٕ اُس اتھ کامہِ منز تیٚز ووستاد زٕ محلہٕ چہٕ زنانہٕ لچِہ پانہٕ واٲنی پھیرارے کرنہٕ۔

"دَیان ہے گوٗڈنیک رُوان چھُس دُوان اوسمُت۔ تسٕ نشہٕ چھس یہٕ ٹیٖپہٕ ہیٚن لاریمژ۔"

"تیٚ آسی۔ مگر یہٕ ہَنہٕ بی چھےٚ اَسنزی دأرنج۔ شیاکھ زنانن کریاہ یہِ!"

"ڈوپمےٚ ہےٚ۔ اَمِس چھُنا تتہِ گامہِ کانہہ ترٕ - کِنہٕ تورہ ترٕ چھِن سارِمی کھیتھ موکلأوِدی میتر!"

"بیٚلہِ تتہِ کانہہ آسہِ ہس، یور واتہاشہر وَندِ تی کرژھ۔"

عشہِ پھیارِہ اُس نہٕ یمِن پھیرا دِبن ہنز کانہہ ترٕ خبر - یہٕ اُس اتھ کھور تھِپت پنِنہِ پتہٕ پادِہ ہنز صورت کران - یہٕ نہٕ اہیٚتےٚ نہٕ محلس اندر کانٕسہِ ہندِہ بَرہ اڑُن - اَمِس اوس نہٕ اُس یَلہٕ کینہہ ترٕ - کم کھیٚنہِ ہے یا زیادہ پَنِنی گرِہ کھیٚنہِ ہے - البتہ جمال چاچُن اُس اکِہ بیٚنہِ ضرور اژان - اوِہ بیٚلہِ تمہٕ کُنہِ وِزِہ سخ زور کرِہ ہَنس، اَتی نیِہ ہے چایہِ دام اُسس کُنُ - اُہُنزہ اُس نہٕ یہِ اَوہ موکھ اژان زٕ یم اَمِس بَرہمایہِ - تیٚلہِ اژِہ ہے نُرہ بٕٹُن تہٕ ہدہ یِژُن ترٕ - تم ترٕ اَمِس تیٚتھی ہمسایہِ - یہِ اُس اوہ چھرا جمال چاچہٕ موکھ اژان۔

جمال چاچہِ اوس محلہ کین سارِنی مَردن منز اَمِس خوش کران۔ تہٕ جمال چاچس ترٕ اُس اَمِس سیتی ہمدردی گامژ۔ تس اوس تہٕ یہٕ

حِصہٕ رٕلِیش چھیتھ مُت تہٕ محلس اندر اُسِس ساریٔ زِیٹھ گنزراوان۔ سُہ
اوس کُنہِ تہِ معاملس منز اُمِس تہٕ اِسندِس نیچوِس ژٕیھ رچھان۔ حالانکہ
کارُ و کینژ اوسُس سُہ دوہن اُچھن کھران۔ تہٕ کیازِ سُہ اوس پھیرارٕ ی
تہٕ دربدری۔ لُسِس نہٕ اوس پننہِ پانُک ہوش تہٕ نہٕ ماجہِ ہُنٛد غم۔ سُہ اوس
صُبحچ چاے چیتھ گرِہ نیرانِ تہٕ زارٕ ی پٔنٛژبن پیٹھ تھک کڈان۔ منزٕ ی
اوس پیٛٹشنس باگی کورج کھیٛنہِ گرِہ لِوان تہٕ بیٛیہ پوٚت کھوری وایِس
گرِٹھان۔ یتہٕ اوس اَدہ راتھ گُساونہ کھاتہٕ بیٛیہ گرُک بُتھ وُچھان۔
رضنایہِ تہٕ وہیہ کڈنچ کامٕ اُس نہٕ محلس اندر تیٖژر زِہ عشرِ پھیارٕ
کرِہ ہے تتھ پیٹھ یٔڈ گُذارہ۔ نیچوی سِندِہ طرفہٕ اوسُس نہٕ کُنہِ
رنگہٕ اَتھ روٚٹ لائِنس لیکھی تھی۔ سُہ پھیرارٕ ی یہِ کینژہاہ زارٕ ی
پٔنٛژبن پیٹھ زِبیان اوس تہِ اوس بیٛیہ تتی ہاران تہٕ۔ لیکن خُداے
چھُہ سبب ساز۔ یِتھے اُمِس تہٕ وہیہ کامہِ کمی سپنٕز تیتھے لُوگ وَندُک
پرٕتو پیٛنٕز۔ لُکو ہیوٚت وَندک سرانجامہ کرُن۔ زِیُن، لوٗٹھ، ہگھ، ژٕنہِ
تہٕ باقی بلایہِ بلٕہش لُگی ژھانڈنہِ تہٕ جمع کرنہٕ۔ کھو تبہٕ منزہ ہیٛتکِی یرٕ اُنی
کانگرِہ کھو یرٕ کڈنی تہٕ تمن کائجی وائجی شیرہ ناونی۔ مگر محلُک محلہ گوٚ
حائرانہٕ ہیٛیلِہ عشرِ پھیارِہ کانگرِن کائچ شیرٕنچ کامٕ ہیٛش کرنی۔ اُمِس
نِشہٕ لُج محلہ کین سارنی کانگرِہ کھو یرٕن رینٛز۔ تہٕ کیازِہ یہٕ اُمِس بازرٕ
کھو تہٕ پونڈ دونِٕز کم ہیوان۔ لُکھ اُسی ساوان زِہ یہٕ اَرچائِگی کوٚسہ
بلایہِ چھہٕ تہٕ کیاہ کار نانٕز۔ چنانچہ محلہِ چھہٕ زنانہ تہِ لُچہٕ پانہ وائنی

ونِنہ :

"دپان ہیٚے امہ کھاوِلہٕ چھِہ رٕمٕض یا کارٕس بٕروٚنہہ ترٕ زٕ پٕہین کھینے
ہیتی ۔۔ "

"تُنیٚ ماجہ ہنز درٕٹی چھے ؟"

"چانٮ درٕٹی ہیے ۔ اکھ چھُس، یُہے ہے، گُرٕ ینجلی کانیٖل اوسمُت ۔"

"پونز چھُے ۔ بٕہ ترٕ اُسس دپان اُمِس کتہ چھِہ کانگرِہ شیرٕ پنج
اَکھ کل لاریمُت ۔"

عشہ پھیارہ نشہ واُتی نہ کانگرِہ کھویری اُتی بلکہ یتہ کُنہ محلس
اندر پھُٹمُت گُرٕینجلاہ یا ٹُوکریاہ اُس، سُہ ترٕ آو اوٚتُے شیرٕن ۔ یہ کام
زیٹھیُم اُمِس تیژ زٕ یہ اُس نہ اکھ داتان ترٕ ۔ ہرگاہ اُمِس تیچھ کُنہ
کاژک آسہے، یم ہیکہ ہن دٕہن محلن ہنزِ کامہ گرٕہ کُن وٕتھ
لاگِتھ ۔

اسٕندِس اُمِس نیچُوِس اوس یتھ کُنہ غلامہ ناو ۔ مگر ییلہ یہ کانہہ
پرٕیژ ہے زہ توٚہہ ماوٕچھو ون ییاگری میون نیچُوِ ییران ۔۔ یہ ونہ
ہے : ہتہ جو، ژیٚہ ماوٕ چھُت پوڑ میانِس سلامُن غلامہ ؟"

اَسنزٕ گامہ کتھہ کھوتہ اوس اَسٕندیہ "میانِس سلامُن غلامہ"
وٕنُن ییہ بیتھ کانِسہ عجیب باسان تہ لازمی مَنٕ اسُن آسان ۔ یہ کتھ
ییلہ محلہ کین شُرٮن اکھہِ رُچ ۔ تموٚ بنوو اکھ شُری یاٹھی شُو غُل ۔
عشہ پھیار بیکہ ہے کُنہ ظرفہ، یمن بیٚیہ ہے اُمِس کُن نظر ترٕ دُورِہ

ڈوری لاگہٕ ہنس گرٛبزٕ تُلمُن۔

سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ۔"

عشہِ پھپارٕ اُس کینہہ ڈول دِتھ لو تہِ پاٹھی پانس پکان۔ زَن زٕ شُرٕ بن ہُند یہ گرٛبزٕ کنو اُس بوزان، یا زَن زٕ تس ژرکِہ ہنز شینکھ تہِ موجود اُس۔ امہِ وِزِہ ہرگاہ محلس کانہہ زنان یا مَرد، اتہِ آسہِ ہے سہٕ اوس یپارٕ ہٕ شُرٕ بن ہاُبتہ کران۔ مگر ہپارٕ ی ادسُکھ اُچھ ٹینہٕ ہاوی ہاوی وادِے ہسی دِوان۔ البتہ اوس جامکِ چاپہٕ اکھ پیبھٹھ شُرٕ بن سخ فضیحت پران۔ سہٕ اوس بعضے یمن تیشِ بےٚ واری کران زِہ محلہ والین تہِ اوس برٕ طبع گژھان۔ مگر ونِتھ اُسِس نہٕ کینہہ تہِ ہیکان۔

گوڈٕ گوڈٕ لاجاو شُرٕ بو یہ رنِزھ واد عشہِ پھپارٕ ی ادت۔ مگر پتہٕ لگو وارہ وارہ اسندِس تیمچِس تہِ یی وُنی وُنی فوتہِ تلکنِہ۔ پتھے شہٕ نفرِہ گیا کھ، یم اُسِس راگِہ ہنز پتہ پتہ گرٛبزٕ تُلان۔

"سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ!"

سلامہٕ نِس اُسِن غلامس پیٚلہِ شُرٕ یہ رنِژھ واد اُسی تُلان، سہٕ تہِ اوس ماجہِ ہُندِہ کھو تہِ زیادے زٕ اُرٕ ہاے لاگان تہ کلہ ہَن بوٚن تہِ ادِتھ پکان۔ مگر تس تہٕ عشہِ پھپارِہ اُس اکھ بُڈ فرق۔ ہرگاہ سہٕ ماجِہ پتہ پتہ شُرٕ بن ہُند یہ گرٛبزٕ وُچھہے تہِ، تس اوس زٕ کانہہ تہِ تغاٗر گژھان۔ تس اگر کُنہِ پیٹھ جکھ اوس گھسان، سہٕ

اوس ٻيلهِ ڪا نهه نزاري تڏ ڪري هس. نته ٻيلهِ نه جل جل ٻته شيرِ ٿه برو نهه ڪُن داته هس. ٻين ڏوڻ وقتن ڪيڙه هي نه سهُ خونَ ڪره نس تہِ ڪمي. ترڙه آمسس اُڇن انہِ گڏ گرڙهان. مگر عشہِ ڀيارِه اوس نه پانس تام روزان ٻيلهِ ٻنس اُمس نيچوس ٻته ٻته شڙُٻن رنيڙه تلان اُسي وُڇان. يہِ اُس ووٿان ته هول گنڈِٿه شڙُٻن ڈهون هيوان. شڙٻن اُمس امهِ سيتو وارے ڪهرن لگان. تہِ ڪيازهِ تمن اوس امهِ سيتي ٿنس اٿه شتو فلس مزه ميٺڻ هيوان. تم ٻيٺے نزياده زياده گريز آسي تلان، عشہِ ڀيار اُمس وارے علمن ڪهان. امهِ وزهِ هر گاه جمال چاڇه اپارے ڪيز تولياڈج مکهس پيٺڈ ٿهائوِٿه درايا د (لس اُمس پر ٻته وزهِ توليا نکهس پيٺڈ آسان) شہ اوس شڙٻن روبه دابه ڪرِٿه ڪڏان ته عشہِ ڀيارِه دِلاسه دِوان.

"هے هے هے، يہِ ڪياه ڇڪ تڙه ڪران. انگه تپالي. يم ڇڇه ترڙه پيٺڈ زامهتو."

"نه جوُ بے يمن اکہِ اکہِ وائنج ثرابه. يم تلنا جو هيائنس سلاه رنس غلامس رنيڙه." يہِ آمسس اوره ڀيرِت داد بداد هيو باوان—

"ٿه مه يہِ ساجو. بے پهنزن ماجن——"

عشہِ ڀيائر اُمس نئي نئي ناسزاون. تيتهو ناسزانزه اٿه پيٺڈ آدمس ڪانهه نتہِ ڪانهه نزان ٻتهه لگان. تہِ ڪيازه اسندي ناسزا آسي نہِ انسانس برداشت سيدان. انسان اوس نزچن ترڈ دِنس واتان. آڈه ميٺله يہِ ته ٻتهہِ لگن ماجنہِ اگادهِ اُمس گرڙهان، يہِ اُمس هه شورته لبکه وادلاگان

زِہ اینز آواز اُس محلہ چَھ ڈہن ڈہن زنانن تہِ بَچھ تراوان۔ اینزن لبکن تہِ ڈہون نشہ آسہ ڈہن ڈہن زنانن ہندی ڈہو زارہ پارہ ہی باسان۔ یہِ اُس تہندن شُرن مونڈ شراکھ ہبتھ گاڈہِ ہندی پاٹھو شکم پھہان۔ تمہِ اندرہ وانِج زالیو سیتی تچھِت کڈان۔ سو رنیجی ژاپان۔ یہ اژَو کنہِ تمیک رتھ تراوان تہ تمہِ رتہِ پہنزن ماجن بینین مُری نون شران دِوان۔

اینزہ امہِ لبکہ لڑایہِ ہند نظارہ اوس سخ ہابتھ ناک آسان۔ اِنسانس اوس اکھ اکھ دُمہ وال اِستادہ سپدان۔ چنانچہ محلہ واجنہِ تہِ آسہ پانہ وانُنی یہِ ڈچھت ونان:

"دپان ہمے یہ چھ بڈاُتی واتل کور اسمُژ۔ یتہ چھ کستام گریتس سیتی ژُجمژ۔"

"نامے پوز چھکھے ونان؟"

"آدہ دپہِ بدل ونئے۔ بلکہِ بہ اُس سَے گوڈہ دوہہ بیٹھے سونچان زِہ یہ گژھِ کمینہ ذاژ آسنہِ۔"

"ہتے بہ تہِ دپان گرِیسی با یہ پھنہ یژھہ لبکہ واتجہ تہِ لڑایہِ گرِہ آسان۔ یہ چھ کم ذاتہ سنزی کام!"

یتھین موقعن پیٹھ ہرگاہ اتھ لڑایہِ، لیہ سہ سارِی سی محلس نار اُس دِوان، کانہہ آب اوس تراوان۔ سہ اوس جمال چارہ۔ یہ اوس محلس بئے وانِری کژِتھ ژھو یہ کرہ ناوان تہ عشہِ پھیارہِ بڈہ ٹاٹھنیارہ

ساں ننس حجرس تام واتہٕ ناوان تہٕ اسندِس نیچوِس اَپنہٕ میٗژہٕ تعریف پوٗنشہٕ کران۔

اسندِس نیچوِس تعریف کرِنی اُمس عشہ پھیارِہ ہُنز بُڈ کمزوری۔ تہٕ جماکؔ چاچہ اوس اسنزِہ اتھ کمزوری واقف۔ اُمس اوس شہ شحنز رُت تہٕ پُزۍ زیوٗر باسان، یُس نیچوِس پرٛزہ نظرِہ وُچھہ ہس۔ یُس لُس وولہ وولہ وُچھہ ہس، لُس ہیوٗ ظُلم گارۍ اوٗسُس نہٕ کانہہ درینتھ یوان۔

اکِہ دوہہ زیری ییلہ لوکھ شونگنہٕ اُسی گمتۍ، عشہ پھیارہ ہُندِہ حجرہ منزہ گو کرٛیکہ ناد تہٕ عشہٕ پھیارہ ہُندۍ بارو۔ سارۍ اَندۍ پکھ ہمسایہ گیہٕ پریشان نزہ امامن کیاہ آو راتھ کیتھ صدمہ بنیتھ۔ داریاہ زنانہ کیھو مرد آیہ اور دوران تہٕ دوران۔ نزہ بٹ آو، ہُندہ ہشر تہٕ سارہ ماس آیہ۔ نبہ سِراجؔ تہٕ مہر دِبد واتہٕ۔ جماکؔ چاچہ گیاو آسی نہٕ بِنی۔ یمہٕ وُچھ اتہٕ سارۍ سی کٹھس بتہ چھکرنہ آمُت۔ غلامہ الگ کُن نزہ مرہ وُٹھِتھ تہٕ بتھ اوند ژھنتھ شرار تہ ساں حجرہ لمان۔ عشہ پھیار بنیہ اندہ اڈنہ بہتھ اُمس فاش پران تہٕ طو عونہ کانچھان۔ اُمی سُند کلہ دار ہشرنہٕ لاگو لاگی گامہ کابہ اوک طرف پیومُت تہٕ اُمس وُچھنہ بمہٕ ہیوٗر پہَن رتی گگروسان۔ یمہٕ ہستی اسُند گبشامی بتھ تہٕ پھیرٛنگ نال رِبھی رتھ اوس گومُت۔ امہٕ کوٚرنہٕ کانسہ کُن تہٕ فریاد۔ مگر ییلہ جماکؔ چاچہ وُچھن یہ لیج اُمس وننہٕ:

"دُچھ جوٗ یمُ تاوَن زُدن کیاہ گژھ روٗدُم ۔" یہِ پھیر ینچھ وبہِ کُنُ۔
"ہنتو کوٚر کھوٚ خدایَن جانہ مرگ۔ پیٚیہ یوٚ یہِ نرٚکھ وٚرتھ ۔"
"اُمِس غُبیشس آیہ ناماجہِ پیٚیٹھ نزٚ تلکس شرم تہٕ۔" جمال چاچن وٚنُس۔
"یکس جوٗ پیٚیہ شرم۔ یہِ پیٚلہِ تیُتھ شُرٹ آسہے، تیٚلہِ لگِہا یہٕ گامہ پیٚیٹھ شہر مُصیبتس!"
"آخر یہِ کیتھ پیٹھ لوٚ نَے۔ گوٚس کیاہ کوٚسن؟" جمال چاچن پرٛژھس۔
"ہتہ جوٗ کتھ پیٹھ۔ بتہ وٚوٚس ترٛیِن پھن برٛونٹھ کُن۔ یہِ دُچھتہ مێنگ کیاہ پھاٹہِ ناوُنہ۔ یہِ گوٚ امبِن تام اَڈہ ژوٚٹ!"
"ہہ ژیہ اُمِس شیطانس عقلہِ تاوَن پیٚون۔" جمال چاچس کُمُر عشہِ پھیارہِ ہنز یہِ حالت وُچھت سیٚخ شرارت۔
"کیٚہو زارِیا بی چھا ماجہِ سیٚتی کران؟" یہِ وَنان وَنان ژھینہِ جمال چاچن غلامس چپاژ بوساہ۔ تمہِ نہ ووٚن اکھ ترٛ نہ زہ، بلکہِ دزاو لوٚتہِ پا گھمہ ججرہ ہنزہ نبرٛ۔
"کربی وٚل ژھوٚبہِ۔" جمال چاچہِ ووٚتھ عشہِ پھیارہ کُنُ۔ "اکھ تراو زخمس دجہ ترٛ زاملیہ۔ یہِ رٚتھ بیٚہی۔ گوڈہ چھیہ حسرتی۔ اُمِس چھا پیٚیٹھ شرارتھ کھسان!"
"اُمِس چھا جوٗ جہلس منز پاگ ہوٚزان روزان۔ یہِ کرہِ خبر کمہِ دوہہ

شوہرٕ قتل!"

"قتل کرِہ؟ ہُونہہ۔ اُسی ہچا ییٚتہِ مو ردٕ لسان۔ تٕمۍ سیتی ترادٕ نادوٚن ترودِہ۔" جمال چاچن کرُٚس پننۍ کنۍ سٕتھ۔ "بلایہِ، ژٕ لُوٚ دوٚنۍ کتھ۔ راتھ کینژھ چھِنہٕ یہِ تماشہِ لاگن جان گژھان۔"

جمال چاچس ورائے گیہِ باقی ہمسایہ پننہِ جایہ خوشی زٕہ ادچار کر پیٚیہٕ ٹاس زٕہ ژور ییٚچھ سنْدٕہ دٕسہ۔ یہندٕہ گژھنہ پتہ بیٹھ عشہ پھیار بکرُ اوبزان ترآوِتھ تہٕ ہیٚنگہِ تھف کرِتھ رژھِہ اُکس کنۍ زُنۍ دِیان ہِش۔ امہِ پتہٕ بدلیوس یک بار تُہِچیک رنگ تہٕ اتھ چھکر آہتس ساری سی تٕس ترآوِن تِہتھ کنہِ نظر، زن اُسس نظرٕ سیتی ڈٕوان۔ اُتھی سیتی وُژھ تھوٚد تہٕ دروازہ مُنزٕ ڈآوِتھ دٕرایہِ تیز تیز آنگنہِ نیبر۔ یہ پھیر ساری سی بازرس دُچھنۍ تہٕ کھوٚدِ تھرٕہ پیترٕ تھرٕ وُچھان۔ بازر اوس سورُی بند تہٕ کُنہِ وانہٕ تھرس پیٹھ اُسی وانہ رائچھ ڈاف ترآوِتھ۔ اُخر وآتھ یہِ اُکس پنج وانس نِشہِ۔ اتہٕ وُچھن غلامہ تھرس پیٹھ کوٚ ترنج کرِتھ تہٕ کوٚٹبن منز کاگر ژھنِتھ ہیتھ۔ عشہِ پھیارِ کرُٚس نرہِ تھف تہٕ دوٚنس:

"ییٚتہ کیاہ ہو چُھک کرن۔ دوٚہ تھوٚ گرہ۔"

"گژھ۔ بہٕ نا سے یٚیہِ نہ۔" غلامن دِیتس دٕکہ۔ "بہٕ یٚیہِ نہ تورٕ۔" دوٚہ تھوٚ، بلایہ ہوٚ لگے۔ نوٚ بتہ ہوٚ دِمے ژُنِتھ۔" امہِ کرُٚس بییہ نرہِ تھف۔" دوٚ تھوٚ۔ ژٕ وُچھ میٚہ مالگہِ زیادہ کال۔ یوٚت کال ہوٚ

ژٕہ تمآکی چِلِم برٕ کھ بٕ نمٕہ اُنِتھ۔ وۄ وۄتھ لگے۔ سٕہ اوسُم سُلی پَہن رٕٹمُت یا توَے اوس تیرٕ نیومُت۔ میٔہ دۄپ دانٕ تلہٕ سُلہٕ پَہن مو کِلتھ شیرکھ کانگرِ کھو پرٕ ژومبرہ۔"

"مے وۄنُے بٕ نارے یِمے۔" غلامن دِژس کرٕ نکھ ہِشں۔ "گژھ نیر دفع۔ نار دِیمٕے تتھ جُرس۔"

تلو متہ دِتہ کرٕ نکہ۔ کانہہ ہے بوزٕ، سٕہ کیاہ ونٕ۔ "عشہ پھیارٕہ ہیوتُس نِرٕ لمن۔ سلامہ بٕ قبرِہ ہنز دٕرٕی ہا نوٕو بتہ نے دِمٕے زُنِتھ۔ وۄ وۄتھ لگے اَدٕہ۔" عشہ پھیارِ نیوٗ بِتھ وَتِتھ لمان لمان بٕ گرہ۔ تتہِ دُتِنس منٹِ منٹن منز تتہ فُوکرہ وُن بَتہٕ زٕنِتھ۔ یہِ اوس بتہٕ میوٗنڈ میوٗنڈ تلاں تہ عشٕہ پھیارٕ ترٕ آس اُمِس عمہ سیتی نِژوِہ لوکھ لوکھ کران، زن غلامہ اوس اکھ لوکٹ مُثر، یُمِس یہِ "آمنے" کرِتھ بتہٕ اُس آبرا وان۔

غلامن یِلہِ بَتہ کھیتھ مو کلوو، اَدٕہ ہیوٗت امہِ پانہٕ بتہ کھیوٗن۔ اُمِس اوس وُنِہ پانس تہِ کھینے۔ یہِ اُس نہٕ توٗت تام اُمِسں کُن پھوٗل تہِ نِوان یوٗت تام نہٕ سلامُن غلامہ تہِ منڈِیس منز بہِتھ آسِہہس۔ امہٕ اُسی نیچوٗس بِہ اُری یِہ اُری وادیاہ ہِٹ فاقہ ترٕ دِمِتی۔ تہِ کیازِہ تس ورائے بتہ پھوٗل اُمِس کُن نِین اوس اُمِس زہرس براب لگان۔

عشہ پھیارٕ گیہِ صُبحس دُہہ کِہ کھوتہٕ ترٕیرِی پَہن ہُشار۔ تہِ کیازِہ یِہ

اُمس کالہٕ ژِیر تام مینگ ژھینچ دگ للہ ناوان۔ ژِیرِ ہ وُتِھ گژِھ
ییٚلہِ امہِ چاے کرُ تہٕ وونی لگہٕ ہن دو نوٗے ماجہِ پوہتر چیٚینہٕ' نیٚبرٕ
کینہٕ گوکھ آنگنہٕ منزہ حاکِم آیہِ آلو۔ عشہ پھیاٗر ییٚلہِ دروازہ مُژِتھ
نیٚبر دراۓ اتہٕ وُچھن پُلسہٕ مکانس دربندی کرِتھ۔ محلُک محلہ آنگنس
منز جمع تہٕ ساری حجرہ دروازس کُن تِھ پاٹھو وُچھان زَنتہ اوٕرہ
کیاہ تام ترٛونٛزٕ نیرہ ہے۔ عشہ پھیاٗر گیہٕ جبسہ ببہٕ رُوزِتھ۔

"یہٕ کیتہِ بی چھے ییٚچھوٗ ؟" تھانہ دارن وُونُس روبہ سان — "خبر
نیٚچھوٗے چھُیا کِنہ کیاہ واتی!"

"آہن حض سُہ چھُہ میائِس سلامُن غلامہ — "عشہ پھیارِہ وُونُس
خوشِک وُٹھو جواب۔

"کدُمن بی یُورِی' بہٕ تہٕ کرہا ذرا اُمس نوِس زاٗرِی سند دیدار۔"

"یہٕ حض چھِم اُمِس خبر کُرِ چھوت لاۓ جہِ مژِ۔ "عشہ پھیاٗر لُج محلہ
والین کُن عارہ بُرٕ ژٕو حشموٕ وُچھنہٕ نِہٕ تہو کرُہِ تو میاٗنہٕ بدلہٕ کانٛہہ کتھا
مگر اتہٕ آیس ساری تماشہ گیر بوزنہٕ' ہمدرداہ نہٕ کانٛہہ تہٕ۔

"چھوت چھَس نہ۔ یہٕ چھُے زار گنِدان' لُس جُرم چھُہ۔ پیٚٹھ چھن
راتھ اُکِس زاٗرِس کلس جنجیر کھاٹیمژِ۔ تس کولس چھِہ ژُورٕ ٹیبہ آمژٕ۔
اسہِ چھُے یہٕ گرفتار کرُن۔"

عشہِ پھیاُر گیہِ کیٚسہِ پوش ہِش۔ اتھ اکِس بۄنٛزِس منٛز وُزھ یہِ
تیز ہُبھۄ زن اُمس ژھٔنِن رٕتِن درِ بستر اُسِہ۔ امہِ دِژ نیٚچوِس کُن نظر۔
یُس حجرہ منٛزہ نیبر اوس درامُت۔ تمہِ پتہ وُژھ تھانہ دارِس کُن :

"یہِ چھُنہ چھُم خبر کمیٚ اُمس چھوت لاٚجمژ۔" اُمس پیٚٹھ جمال چاچِس
کُن نظر۔ "یہِ کیاہ چھُنہ، یُس پۄژھنہ جمال چاچِس؟"

"یہِ پھیر جمال چاچس کُن۔ کیاہ جوٗ لگیا میون سلامُن غلامہ اتھ؟
جمال چاچہِ، یُس ہر دِزہِ اُمس یکھ اوس تھاوان، یُس یہِ بتھ لڑایہِ
منٛز اُسُند تہِ اُسندِس نیٚچوی سُند طرف اوس کران، یُس اہنزہِ دِل
رٕھنایہِ موکھ غلامس تعریف پوٗنشہِ اوس کرِتھ نوان، سُہ اِدامہِ ساعتہ
کوٚل۔ تمیٚ تہِ وو کلہ بون کُن تہِ ترٛلیا دِچہِ سیٹھا لوٚگ ہُبھ وو تھراوِنہِ۔

تھانہ دارن تہِ اوٚ غلامس ہتھکڑی۔ عشہ پھیارِہ کریایہِ سیٹھاہ زاری.
تھانہ دارِس گنجایِن گوٚ گمرِ تس اوس نیٚن فرض پوٗرہ کرُن، تو نو نک
یحترام بجا انُن۔

عشہ پھیاُر درایہِ دوٗر تام نیٚچوِس پتہ پتہ۔ یوٚت تام سُہ تموٚ گاڈِہ منٛز
لدِتھ نیٚو۔ یہِ اُس گاڈِہ ہندِ بن پہیٚن وُچھان، یِم تیز تیز گردش اُسہِ
دِوان تہِ دِژھِ کھوتہِ دِرِھ سلامہ نِس غلامس، عشہ پھیارِہ نِشہ دوٗر
نِوان۔ یوٚت تام گاڈی اہنزِو نظرِو نِشہ دوٗر گیہِ تہِ یہِ پھیر کلہ بون کُن

تراوِتھ پھُٹہٕ مێتیو کو ٹھبو نێنِس حجرس کُن واپس۔ زٕ ژوٚدٕ شرٕی، ہم
محلہ منزٕ خبر کِتہٕ گیندِتھ واپس آسی یوان، تہٕ یمن امہٕ سارِی قمیچ کانہہ
خبرا آسہٕ نہٕ، لگِس دوٗری ٹاوس تلنہٕ ——

"سلامُن غلامہ، غلامُن سلامہ، سلامُن غلامہ!"

عشہٕ پھیارِہ تراو زاہتہ نتہ امہٕ وِزِہ خوٗنہ برٕ ژ نظر یمن کُن۔ ہێریم وُٹھ لوٗگس وارٕے لستہٕ ہستی تہٕ ناستہٕ مگر یُو دٕند درٕایس آسہ منزٕ پھٹِتھ ہی —— شرٕی راوِی۔ ظاہر سوٗنچُک زِہ از کیازِہ کھٕژ آمِس پانس یہٕ ونس بێٹھ ژکھ۔ تمہٕ کرٕ ژھوپہٕ تہٕ یہٕ درایہٕ لوٗتی لوٗتی پارِہ تراوان گرہ۔

پێشنس باگی ییو جمال چاجس خیال زِہ یہٕ بجار آسہ نێچوِہ سندِہ موکھہ پریشان گامُت۔ سہ ژاو اسندِس حجرس منز آمِس دِلاسہ مداوِہ دِنہٕ کھاترٕ۔ مگر ییلِہ سُہ حجرس منز ژاو، سہ گوٚو ہێبے بنگہٕ رُوزِتھ۔ عشہ پھیار آسِس میتھو کنہٕ وکراونہ آمُت۔ آمِس اوس برٕونٹھ کنہٕ اکھ بترہ بانہٕ شیرِتھ۔ یمہٕ منزٕ امہٕ اکھ مێونڈ اوس تُلمُت تہٕ سہ اوسُس برٕ اژٕ کِنہٕ واپس دراُت۔

دِگرس باگی ہیوٚ کرٕکھ یہ دفن۔ محلکی شرٕی آسی رُبودٕ گامتی، زنتہ گیندان گندان ییندِہ ہِتہٕ آسکھ راوِ مُت تہٕ زنانہ آسہ یہ ژھینہٕ ہشہٕ گژھت اکھ اکِس کُن ونان:

"ہتی نیک یا بد، اِنسان کتہٕ بنہٕ!"

# جہنّمی

(اگست ۱۹۵۸ء)

وۄنۍ چھِنہٕ لُکھ یِژھن کتھن پیٹھ پَژھ رٲوزان۔ تہٕ کیازِ تِہندِس
اُندۍ پکھس اندر چھِنہٕ یِژھ کتھ سپدان۔ مگر تمہِ بستی ہاگوٚ زِ زاجہ
بچھرہ اندر کیاہ آسہِ نہٕ ذاتھ کاَلِ تِتھ عجیب واقعہ سپدمٕت۔ تۄہہ پتہٕ
زاجہ پتھر کینہہ گۄنج مژ چھِنہٕ۔ اُسی ہیکوٚ وُنی کین تِہ تور گژھِت تہٕ تمہِ بستی
ہُندۍ آثار وُچھِت یِوسہ اکِہ زمانہٕ اتہِ آسمژ چھےٚ۔ از چھہٕ یہِ اکھ مرگ
یتھ اندر واریاہ ہیٚلۍ ڈوکہ بنأوی بنأوی جیٚن ہُندۍ جب رچھِ رچھان۔
مگر سہٕ تہِ اوس دوہا ییٚلہِ اتہِ شۆب ساس زنانہٕ کینہہ مرد آسی روزان
پُورہ پانژھ ہزار آسی اتہِ مۄردن دفن کرنہٕ کھاتہٕ موجود۔

دیان یہِ آس اکھ خوش تہٕ خوشحال بستی۔ اکِہ دوہہ مۄد اتہِ
اکس بچہ زنانہِ، یمِس سٟتۍ دیدا آسی ونان، کمایہِ کُل تہٕ دۄتمت مہرازہ

نیچو۔ سو بچار گیہ یہ ڈیژ زِہ تہ فلوٲے تس اسی ستھ شرٕ یڈ عنزی اڈہ لیکی گامتی تہ یہے اکھ اوسُس دشہِ گنڈی گنڈی سیدِہ تُبتھ زامُت۔ دیان یمہ وِزِہ اسُند یہ نیچو قبرِ منز دولکھ امہِ کرٕ تسنزِہ لاشہِ پانز تہِ ٹھف تہ وَدان وٕونس:

"گوبرہ! یہِ گوژُھک ژِہ میٔہ کرُن، تتھ کرہ نامُوتھس بی۔ گژھ تُشرکھ تسُے خُدایس یُمژِہ میانہِ ڈمبہ سوناکھ۔" یہِ ونان اوسُس گاٹِلہ گومُت۔

ژوکُن گوَ اسنِدس نیچوِہ سِندِہ کھوتہ اسُند محسوس۔ تہِ کیازِہ اُمِس بچارہ اوس نہ وونی خدایس باز بیٔہ کانہہ تہِ بیتھ کُنہ۔ تموٲنی یہ ترٲیشہ دامو ہوشہِ تہ واتہ ناوِکھ پننہِ کھوپرہِ منز۔ دوہس شوزِس اکی تراوِتھ دَہَو ہمسایو چلے بتہ۔ مگر اُمِس اوس وتُن لایق بنیومُت یہ کُس زہر لدِہ ہے تمہ اندرِہ اسس۔ یہ اُمس صرف رٕبُودہ آیہ تالوس تہ لبن کُن وُچھان تہ۔ اسمانس کُن دم پھُٹ دوش تراوان۔ خوفتن ژیتام رُودی کینہہ ہمسایہ اُمِس دِلاسہ مدادہ دِوان تہ دِلگ باد لوژہ دادان۔ مگر آخر تہ چھپہ پرِ ہتھ کانسہ پننہ پننہ گھرہ پیٹھ ہیومُت سازی وُتھی تہ گیہ گرن تہ سلی دید رُوز کُنی زُنی مکانس اندر نیچوی سِندی آکھ للہ وان۔

ہمسایِن ہُندِ گژھنہ پتہ آس سٙل دید پرہ ژھینِس جانا وارہ پندِ
پاٹھی یمہِ دارِہ ہیتھ دارِہ کران تہ یمہِ کُٹھِہ ہیتھ کُٹھِس اژان۔ پیٹھِ نہ
امہِ پیتی تہِ دوکھ لدِ پانس قرار آس یِہ وُژھ تہ درایہ مزارس کُن،
ینچھی پنزِ قبرہ پیٹھ باکر جوراہ ژھٹنہِ۔ ژِید وکھ آسنہ کنِز اسی دوئی
تُکھ گرن اندر شونگِ ہیتی۔ اُندی ٹکھ اُس سو انہِ گٹہ زِہ انسانس اوس
منزی دم پھٹان تہ منزی پینُ پان رہاوان باسان۔ ہرگاہ داوِہ زمشہ
پستی کنہِ پنہ وُتھرس معمولی کھرش تہِ اوس گژھان، اکھ ہیبت ناک
تیرہ ژھٹ اُس زمن زمن نیر ہیوان۔ سینہ منزہ اُس اکھ دِل دوز
کرِیکھ ہِرس نِشہ وأتِھ کنھ تام عسیتی پھسان باسان، یمہِ کنِز وآنجہ
ژس گژِھت زن کُونِج اُس گژھان۔ بیاکھ کانہہ کرِ مہے نہ شاید
امہِ وِزِہ آنگنہ نبر قدم کڑہ نک جُورتھ۔ مگر سٙل دیدِہ اوس موت پھوز
سو کتھ کھوژِہ ہے۔ سو اُس اُندری لبل کران تہ وچھ ژیٹان۔

مزار اوس امہِ محلچ اُتری جلے تراُوِتھ بٹھاہ بروٗنہ یوان۔
امہِ مزارہ پتہ اوس بیاکھ محلہ شروع سپدان۔ یتھ منزہ پُور اُسی ونان۔
بوزوے تہِ اتھ سارِی سپی زاجہ پھرِ منز اوس ہر کانہہ محلہ بیٚس مجلس
نشہ مزارہ سیتی الگ سپدان۔ اوسے تہِ اُسی اتہِ ستہ نی محلن اندر
پوٗرہ پانژھ مزار موجود۔

سَل دید واَژ اَکہ وُنی مزارس پیٹھ۔ ہیِتِس کالس اوس ژُوِنہٕ تہٕ بالہٕ پیٹھ کِنہٕ کلہ کڈُن ہیٚوتمُت تہٕ گاشہٕ لیٚا اَمس وُزھ گامژ۔ اگرچہ امہٕ عرسیتھ تہٕ اَسمانہٕ وُنہٕ اَنہٕ گٹس تیٚز کمی سپنز مژ، وونی گوٚبہے دُکھرُد ہیُو اوسُن گژھن ہیٚوتمُت۔ سَل دید ہیِتھے یِنچوٚ ہنزہ قبرِ نکھہٕ پہَن واَژ، اَمِس آیہٕ اتہٕ کیاہ تام اِنسان ژھلے ہش دوہتہ پیٹھ کران دٕرِلینٹھی۔ یہِ گیہِ ہے بُنگہ دٔوزِتھ تہٕ گوڈنچہ لٹہٕ سپدِس پننہٕ اُندی پکیٚک یحساس۔ اَمہِ سوٗنچ زِہ بنصیف شبن کٔس ہیٚکہِ یہِ مزارس پیٹھ اَسِتھ۔ اَمِس ہیٚوتن بےیَرادہ پاَٹھی واَنِجہ دُب دُب گژھن تہٕ اَچھہ دٕزِ الیس اَتھ ژھایہِ کُن پھٹِت۔ اَمِس باسیوو یُت تہٕ زِہ یہِ شخص چھُہ کلہ پیٹھہ نلس تام دُوری یا بُز، صرف چھُس کمرس سفید لٹھہ ژادر ہش وُلِتھ۔ سَل دیدہٕ ہوٗری بےشوٗنگی پاَٹھی گوڈہ قدم جوراہ پیٹھی۔ مگر اَخر زُو دُس نہٕ پانس تام تہٕ کوٗرُن آلو:

"ہیٚو کُسو چھُکھ ژہٕ قبرِ عرسیتھ اَدہ سرہ کرانْ؟"

سَل دیدہٕ وُچھ زِہ یہِ ژھاے گیہِ گوڈہ یٔے جِسس تہٕ زُوزِتھ۔ پیتہ نمے یوان تہٕ جل جل کیاہ تام پُٹھرہ تُلِتھ کڈان مزارہ منزہ کُنی ٹِکھ۔ سَل دیدِہ کریوو نہٕ گوڈہ برونہہ پکنس ہوُرپتھ، مگر اُندرِس داَدِس کیاہ کرِتھے۔ سو گیہِ تیز تیز یِنچوٚ ہنزہ قبرِ نشہ۔ یہِ آلیس اَڈہ

وُژھ ہش لبنہ۔ زَنتہٕ رُودٕ سیٹھاہ وٚسِتھ اُس گامُت۔ اُمِس ژُھ یہِ وُچھِت بےٚ وایہ کرٕنکھ نیرِتھ ــــ

"ہیئو گنہِ کانہہ چھُوہ نو۔ یہِ کوسا بلایہِ چھَہ مزارس منٛتے مٔژ!"

اُمی سندٕ امہِ کرٕنکہِ ناده سیٹھاہ گیہِ امہِ محلکو تہٕ بیٚیہِ شہرٕ لوٚرکو ساری لُوکھ، زنانہ کیہو مرد، ہُشار۔ کینژن گوٚ گُمانہ زِ کانٛسِہ آسِہ نار لوٚگمُت۔ کینژن گو خیال زِ کانٛسِہ آسن ژُور ژامتی۔ مگر یہِ سُوچِت زِ کیاہ تام وارِدات چھہ سپدمُت، ساری آیہِ گھرو اندرٕ نیٚبر لشہِ گاش۔ زامٕلی زامٕلی اَتھ آوازِ کُن بانٛزِ تہٕ چھانگرِ لاران۔ لکھ ہتہٕ پوٚنشہِ گیہِ وُچھان وُچھانی مزارس پیٹھ جمع۔ پھِرِکہ ہٕژِ سٕل دیدٕ وُنکھ بانٛزِ بانٛزِ یہِ کینژھاہ تمہِ وُچھمُت اوس، لکھ لگو اَڈٕ وٕژِھ قبرِ شانده سیوٚد کھوٚژِی اندر کُن نظر تراونہِ زِ اَتھ منز چھا اَسندِس بیچارِ سنز لاش کِنہ کینہہ نہٕ۔ لاش اُس بے شک اَتھ منز مگر وُوری یانہٕ۔ کفنہ دفنہ روٚستے۔ بیارٕنی گو حیسہ بلیسہ زِ یہِ کیاہ قصہ چھُہ سپدمُت۔ قبرٕ کمی مٔژراو تہٕ کفن کوٚت گو!

"مینٛہ ہوٚ چھَہ دِوتھ وَنان ــــ" اَکی شخصن ہیٚوتھ باقی لوکھ عاقلاونی ــــ "یہِ چھُہ گورخراو سمُت۔ انہِ گٹہِ کینہہ چھُہ سٕل دیدٕ انسان لبنہ آمُت۔"

"کیاہ چھُک وَنان ــــ ! " بی اَکی کوٚرُس واد۔ "گورخر کرِٛہ ہے لاش تہٕ کھیٚیہٕ ہے۔ وَن جانا وارِی چھُو کِنہ بیٚیہ کینٛہہ۔ تتھ چھَہ لاش

سو بوڑھی۔ کفنی اوت چھُہ غائب گومُت!"

"ہتو میون چھُہ فکرِ ترٛاوُن کس تام حرام زادس چھُہ شیطان ترٛاکِتھ ژامُت۔" بی اُکی رٹ اصل کتھ — "کُس تام ہُہر چھُہ کفن ژورٕ کٔرِتھ نوگمُت۔"

کفن ژور —؟ پریتھ کانٛسہ ژٕج عرقہ ژھٹ نیرِتھ۔ سارِی لُکھ تہ چاڑی ہی گژھت اکھ اکِس کُن وُچھنہٕ۔

"ہتو تہ یہ ہُہر ہیکہ گژِھ نون کڈُن۔" اکِس ژِنس کھوت سخ طیش — "نو تہ یہ کُس گو خدایِن سوزمٕژ شکل۔ توبہ استغفار۔ ژھُن سو میانِۍ خدایِن دوٚن دنیاہن تاوَن!"

"نوی اوت کڈُن کمیو ووٚن۔ دٲپو ییتھ ہُہر گژِھ زِندے گھاسہ نارہ زالُن۔" بٹیس اکِس آیہ سارِی رگہ چارنہٕ — "یہ چھو ازتام بوزمُت سیٹھے غضب چھُہ تہ۔"

اتہٕ اوسُل لُکو گنٛڈ جبہ بحوٚش۔ ییلہ آسہ ہتھ پوٚنشہ یکہ وٹہ یلہ گژھن، یتہ چھُہ یہ سمجھُن مُشکِل آسان زِ کُس کیاہ چھُہ وَنان۔ کانہہ ہے عقلِ ہنز کتھ تہ وَنہٕ، تتھ تہ چھُہ ہوٚنی ووُن گژھان۔ معنہٕ مفہوم مو کلِتھ چھُہ صرف تیر میانہٕ رائی اُژ باقی روزان۔ تی سپُد اتہٕ تہ۔

"ہتو تہ وونی لسنہٕ کیاہ چھو وَنان —" اکھ شینزٕ گو موردہ

سپندِس مَلِس کُن ۔ "یمِس چھُ نوشران دیان دِتھ کفن دٔلِتھ
کِنہٕ ییتھے پأٹھۍ چھُس قبرہ سپدتھ دِیُن ۔"

"میأنی کِنہٕ ہیٚبا گو یِہ کرٕتھ نِہ سہ ٹھیک پأٹھۍ دفن کرُن ۔

"اَکۍ مُلّان دِیُت فأصلہ ۔ "یِہ ہُو چھُ ناجایز گژھن کانٛہہ شخص
خُدایس نِشہٕ وُوری پانے سوزُن ۔"

"نبا نبا کرٕیُن ییتھے کِنہٕ قبر بند ۔" سَلّ دیدہٕ گنڈِکھ گٔی ۔ ڈرا وے
کفن ژُور نوٚن ، بہ نٲنہٕ تہٕ سہٕ زانہٕ ۔ حالس ہیٚبا گو یِہ نیاے خُدایس
پیٛٹھ ترأوُن ۔"

"ہتو سَلّ دید چھوہ لوٚز دنان ۔ اکیک فأصلہ گو خُدایس پیٛٹھۍ
ترأوُن ۔" کمُو تام کرٕ سَلّ دیدہٕ ہُنٛزِ حمایت ۔ "بیٚتھ ژُود یِہ کفن
ژُور ۔ سہٕ ہیٚر کڈُون نوٚن ، تُوٚت تام روزِو نہٕ بیٚتھ ۔"

آخر سپُد اَکھے پیٛٹھۍ فأصلہ تہٕ قبرہ دِتکھ سپدتھ ۔ ییتِس کالس
منز اُس راتھ تہِ اَند وأتِمُت تہٕ کوٚہ کرد آمُت گو ڈِہ ژارہ ہُنٛز
گاشہِ بانگ دِژمٕژ ۔ سأری گییہ پننِ پننِ گھرہ واپس ، خوفہٕ ہُتھ تہٕ
تَھرِمِتۍ ــــــ کفن ژُورس ستھ جہنم انان ۔

امہِ دوہہ اُس سأری بستی زانہٕ بیٚترہ اندر ییہے اَکھ کتھا لوکن
زیوَن پیٛٹھ ۔ زنانہ یا مرد ، لوکٕ یا بُڈ ، یِہ بیٚتھ اکھاہ اوس لیڈر یُوٚمت
یِہ بیٚتھ محلہ اوس پننِ پننِ لوکن دوٚن ہیوٚ دِوان زِہ یِہ کُس ند

